

سنگدِل ژِ چھُکھ بے آر    مدن وارِ مَسا ژَل
کیٔاہ چھُس بےٕ خطا وار    مدن وارِ مَسا ژَل

اوسُتھ ژیٔے وعدِ کوٗرمُت    روزَکھ مےٗ ہیٔتی ہر دَم
مُشرُتھ ژیٔے یاد ما چھےٗ    للوٗن مےٗ تھوٗوتھم غَم
مٔتہِ ما کھیٔپے ژیٔے مار    مدن وارِ مَسا ژَل

کوٗرمُت ژٔے وعدِ چھےٗ کیٔاہ    پوٗز وَن اِراوِ چھےٗ کیٔاہ
اَنوٗرُن تہٕ بیٖیہِ ہیہِ گُنژُرُن    داد و بیداد چھےٗ کیٔاہ
کتہِ گوٗو ہیہِ لولہِ باپار    مدن وارِ مَسا ژَل

یادَن ہشدِس خزانٔس    تھوٗد تُل میٖہ ٹھانہٕ بانٔس
پھٔژرُس اَندرِی ہیہِ پانٔس    گُنزرا وُچھم جہانٔس
نوٗن دِژاو پوٗز ٹاکار    مدن وارِ مَسا ژَل

رؤدُس دِوان دوہے ؤئی گُنزرِم بئکی میٚہ تارکھ
ما ہوٚوتھم پَتُن روئے کتَھ پبٹھ وَنے مُبارکھ
رؤدُکھ ژؤرِ بے آرٔ مدن وارٔ مَسا ژَل

تھزَرس میٚہ تژأوِمے جاے رَژھ ما ئُجی بُمن گژاے
رؤدُے نٔہ یاد ژوئہم رٔٹتھم ژےٚ کتھ وَنس جاے
تھوٚوتھم نٔہ کانہہ وبکار مدن وارٔ مَسا ژَل

اَمہِ دَمہٕ ژٕ روٹھُمت چھُکھ تژووَمے میٚہ پان کھورَن تَل
ٹئٚلی ٹارِ چھُکھ وُچھان ژٕے پھُٹرُتھ صنم کوٚرُتھ ژھل
تنٕہ چھُس بہٕ دِلِ بیمار مدن وارٔ مَسا ژَل





موچھِ مژ واُلج ہتھ چھس دواُنی
ژٕ وَن ‌ِکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منگان شادماُنی
یتھر تژ ووتھس چھُکھ وُڑان آسماُنی
ژٕ وَن ‌ِکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منگان شادماُنی

ژٕیےٚ ما راس آوے ہوا سوتنٕکے زانٕہہ
ژٕ زٕروان ما چھُکھ تھوا پوشکے زانٕہہ
ژٕیےٚ پھُبرتھس طلاطُم پُٹھ باغباُنی
ژٕ وَن ‌ِکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منگان شادماُنی

یہِ باغبان بَران گوڈ گُلبن گیہِ پھولان گُل
گُلن سٕن وُچھِتھ اُسی گبوان مست بُلبُل
قہرٕچ نظر تژ اُوتھکھ رۄدی ہراُنی
ژٕ وَن ‌ِکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منگان شادماُنی

سنگرمالہِ پھوٚجی چیٚری گیُش تُل جانوارو
یُمبرزَل وَنان ٹینکہِ بٕٹنٕن تہٕ پژارو

ژٕ ے چورتھکھ ہوٗٹ تِمَن دَم ژھوکاٗنی
ژٕوَن رٕکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منٛگان شادماٗنی

تَمہٕ کیاز لاٗیتھ لاوِس کُلِس ژٕیےٚ
ترٛاٗوتھ رتہٕ دار ماٗنزوے ڈُلس ژٕیےٚ
وَٹٕسی گیہٕ ارمان دَم پھٔٹ جواٗنی
ژٕوَن رٕکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منٛگان شادماٗنی

گرِتھ گوکھ وَتھٕ وار کیاہ چھے گُمانے
پرٛتھ وِزِ ژھانڈان چھُکھ کیاہ بہانے
پھرکہٕ وِتھ ژٕیےٚ موصوٗم طوٗفان زَن پکاٗنی
ژٕوَن رٕکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منٛگان شادماٗنی

وِنے کیاہ صَنَم ژٕیےٚ چھُکھ کوٗت سنٛگدِل
وایان ژٕ خنجر چھے کیاہ ژٕ ے حاصِل
وُچھکھ اٗنِسے یُتھ روزِی وُچھاٗنی
ژٕوَن رٕکتھٕ میٚہ چھُکھ اَز منٛگان شادماٗنی





وبۆھے گیہٕ رَژن لۆگ حِساب مستانہٕ کۆرتھس خراب
دژۆگ پھۆو میٚہ عشقُن شراب مستانہٕ کۆرتھس خراب

دٕزی دٕزی پٕیِہ سبزار شرۆکی گُلو شیٚہجار
روومُت گُلن اَز شباب مستانہٕ کۆرتھس خراب

موے خانہٕ مَنٛز روو موے سٕدرس مُژتھ گیہٕ جوے
عاشقن روومُت حجاب مستانہٕ کۆرتھس خراب

گُرژو رُس اَنٛزاٰوِتھ لولہٕ نیاے ٕکتی تھاٰوِتھ
میانہٕ وِزِ لۆگُتھ حِتاب مستانہٕ کۆرتھس خراب

سازَس ڈۆل انداز بٕگر گاٰمو چھِ آواز
بے دَم وزۆن رباب مستانہٕ کۆرتھس خراب

مَس کھاٗسی چیٗشمن اَنْدر وُزِ لوٍلکٕے سمنْدر
وُچھٕ ہا تہٕ ترٛوٗوتھ نقاب مستانہٕ کوٚرتھس خراب

سفر شاعری ہُنْد صَنَم کرٛوٗٹھ بیٚیہٕ زیوٗٹھ ہر دَم
اَچھرن ژھوچرٕ دِیُٚن عذاب مستانہٕ کوٚرتھس خراب

☆☆☆

## اٰمار



نبتھ ٲنٛژ بالہٕ تھونگی تِمنے وٲنۍ توَ ، کتھٕ چھُکھ کوٗرمُت یتھ پاٗراو
گرٛزوٕنہٕ کولہٕ یِم کھور چھلان تِمنے ژٕ ہتھے کتھٕ گوٚو تِمنے واو

ژوٗرِ ژوٗرِ نگھ چھےٚ موٗران یِم گُل ٲژھو تِمنے دِلسے گرٛاے
شبنمَس زَن ناراہ وۄتھمُت سوٗنٛتَس موٗٹھمُت اَز چکہٕ چاو

چیٛرٕ گیُش تلمُت جاناوارو گُس تام نوٚوُے نغمہٕ ہبتھ آو
بڑوٚنٛہہ عُمن وٲتِتھ پنہٕ نِس یارَس کتھٕ ٲج جانَس اَز تُلہٕ ترٛاو

ٔسدراہ وُچھم شوٚلہٕ زَن مارن ٔشپہٕ ستیٚ دِوان واوَس پھیُر
بَٹھِ بَٹھِ پھیٛوُرس کھورٕ ننہٕ ووٗرٕے پٔدنے لاریوٚم سیکہِ ہُنٛد تاو

پوٗشہِ تھَربن پیٹھ شبنم زوتان پڑوٕ اوس ترٛاوان صُبحُک وَکھ
تاوٕ تَہَور لوٚگ آوِلین وٲتھرن کتھٕ سَبزارس گوٚو صٔحراو

ووشلان ووشلان کھوٚت آسمانَس    گُل جہانَس گَھورُن چَتھ
وَکھ گوٚو نیران پھیران پانَس    لوٗسِتھ ووٗنی کتھ شہرس دژاو

مارِ متمن اَسی پتہٕ پتہٕ نیران    تژاوان وَتھرِتھ وتہٕ نے پوش
لولہٕ سان اَسِکھ وَن وُن تژاوان    از ہِکتھٕ وژنَن گوٚو ٹھہٕراو

بُتراتھ وُچھے ہَنہِ ہَنہِ شژوکان    رَژِ رَژِ ژھوکان گَیہِ آبشار
صَنَم پِی چھے تی رٔژھراٗوِتھ    زال مو پانَس کُبتھ وہٕراو





دۄرِ دُنیا سۆرِ أژر    پھورِ گس ہَٹہِ تہٕ شۆرِ گُس
تیٚہہ یاوٚنس مۆرِ أژر    پھورِ گس ہَٹہِ تہٕ شۆرِ گُس

گُل تہٕ بُلبُل ژھوہہ چھہِ ماران    دوہہٕ گۆذارن مَنٛز چمن
گوڈِ جُدأیی جۆرِ أژر    پھورِ گس ہَٹہِ تہٕ شۆرِ گُس

کتھٕ کوش لکہِ آروَلن    ہیٚہہ گوڈِ یمبرزلَن
پوشِ نۆل ژھوکہِ دۄرِ أژر    پھورِ گس ہَٹہِ تہٕ شۆرِ گُس

کَتہِ روزَن ژھالہٕ واوَس    کَتہِ سۆنٛتس نیرِ ترَ
تاپہٕ تاو ییلہِ پۆرِ أژر    پھورِ گس ہَٹہِ تہٕ شۆرِ گُس

لَرِ مَنٛز بہِتھ لَر ژیٚنے ترٛاوِتھ    یاوٚنس لولہٕ کھۆل کۆرتھ
آویہٕ گوڈھکھ لورِ أژر    پھورِ گس ہَٹہِ تہٕ شۆرِ گُس

اَز تامَتھ اوٗس یُس شاہ سُے پگاہ آسی گداہ
ژھٔری اَتھٕ ہبتھ دورِ اَءخر پھورِ گس ہَٹہِ تۍ شۆرِ گُس

آیہِ کأتیاہ نکھ چاأرِتھ وڑایہِ بَلہٕ وپر ہاأرِتھے
ہٕٹ لگہِ تل طورِ اَءخر پھورِ گس ہَٹہِ تۍ شۆرِ گُس

کیاژِ کھۆرُتھ مَد ژیٚے پانَس پۆر کھاأرِتھ ژیٚے موہس
وٕسی پھن منٛدورِ اَءخر پھورِ گس ہَٹہِ تۍ شۆرِ گُس

وَن صنٔم کیاہ ہبتھ ژٕ آمُت وأنسہِ ییٚتہِ خرچُتھ ژیٚے کیاہ
دارِ یُس یَس ہورِ اَءخر پھورِ گس ہَٹہِ تۍ شۆرِ گُس





نظٕم لیکھنٕی ہیٚوٕم عنوان روٗم   پٔرتھ بَندٕ سے اَہِکس نِشان روٗم
گژھ بہٕ کرٕہا یَتھ سُے جہان روٗم   پٔرتھ بَندٕ سے اَہِکس نِشان روٗم

زِنٛدگی ہٕنٛدی دوٗر گیہِ نیران مٔنٛزی   بَنٛدگی چھُم بنٛدٕ چھُس گٔنزران پٔرٛتوی
جان چھُم مگر جانِ جانانٕہ روٗم   پٔرتھ بَندٕ سے اَہِکس نِشان روٗم

أنِم سوٚمبرِتھ مولوٗنٕی موختہٕ دانٕے   دِلچہِ تارِ مَنٛز تأرِتھ تھٔوِم
نٲلی تژاوِہس سُے میٚہ دُردانہٕ روٗم   پٔرتھ بَندٕ سے اَہِکس نِشان روٗم

ژٕھچھر ژوٗلُم رٔچھی رٔچھی اَچھر جوٚرُم   دِیُت میٚہ زوٗ اَدٕ زأوِجن کتھن
لیٛکھُتھ دُیتَمس مگر اَفسانہٕ روٗم   پٔرتھ بَندٕ سے اَہِکس نِشان روٗم

تاوِ ژوٗلُم کوٗتاہ وُچھتہٕ ہیٚہہ گوٚم   ویٚترِم سِتم زَخمن تیزاب پیٚوٚم
شُری تون چھُم مگر شُری پان روٗم   پٔرتھ بَندٕ سے اَہِکس نِشان روٗم

ژھُس بہٕ کرٛیشان تاوٕ ہُو وأنٛج ہیتھ     ترٛیشہٕ ہۆت ژھُس کیٛاہ وَنہٕ ۄُتُس کۆت
پیمانہٕ لۄبِتھ اَدٕ میخانہٕ روٗم     پرٛتھ بَندٕ سے اَمِکِس نِشان روٗم

صَنَم نیر ہا پھیرٕ ہا لبہٕ ہا پئے     تارکن مَنٛز زۄنِ ہُنٛد وُچھہا روے
ییٚتہِ ڈیشہٕ ہا سُے آسمان روٗم     پرٛتھ بَندٕ سے اَمِکِس نِشان روٗم

☆☆☆



نارِ ہلم ئری ئری وِیہہ زبتہِ پہترووم
شِہلس میٖہ روٗدِم ٹھُری سِتم سُے وبترووم
اَنہار زِندِگی ہُنُد تاپہِ کڑلیہِ چھُور رووم
شِہلس میٖہ روٗدِم ٹھُری سِتم سُے وبترووم

اکہِ اکہِ سوٗمبرِم ءکتی سامانہِ اُلفتکی
شیرِم تہِ سجاُوِم زیٖرو زبَر خطکی
وِزِ وِزِ پھمُر دِسِمکھ اَنُد ما توتہِ پڑووم
شِہلس میٖہ روٗدِم ٹھُری سِتم سُے وبترووم

کوٗت گوٗو گُتجہِ پی پی یُمیزول تہِ بیٖہِ ہی
ژھلیہِ گُتی چھِم کران تم وِزِ وِزِ چھِم گوھان وہی
یَس پتہِ دیوانہِ گوٗس موکھ سُے نظرِ رووم
شِہلس میٖہ روٗدِم ٹھُری سِتم سُے وبترووم

تَس تہِ مارُود کینْہہ یاد بوزِ کتہِ مۆن فرِیاد
آباد مۆنُے جہان وُچھِتھ کیاز گوٚو نا شاد
سَزگرِی گرِی پاٚراو اَڑ وَتہِ لوتہِ ترٛووُم
شِہلِس میٚہ روٗدِم ٹھُرِی سِتم سُے وبتروُوم

لانہِ اوسُم پاداش پکھنے لوٗگمُت میٚہ ترٛاش
اَمار ہتَندِ دژایوس وَتہِ میٚہ رووُم گاش
کترِتھ جِگر پنہٕ نُے وَتنے میٚہ وَتھروُوم
شِہلِس میٚہ روٗدِم ٹھُرِی سِتم سُے وبتروُوم

کھنے میٚہ ووٚندمَس رَتھ گرنم سینَس دَتھ
ترٛاُوِتھ سرِبازار تِمۍ راوٕرنم وَتھ
کس وَنہٕ صنم اَزحال یُہ کاٗلی پژِزنووُم
شِہلِس میٚہ روٗدِم ٹھُرِی سِتم سُے وبتروُوم

☆☆☆



عذاب دِلیٖے یےِ تھاؤن وَن رَوا چھا
یےِ پڑون دود ووتلاؤن وَن روَا چھا
سُہ پوٚت کال یاد پاؤن وَن روا چھا
یےِ پڑون دؤد ووتلاؤن وَن روَا چھا

پُھلے لُجمو یےِڑھ اُس پوشہِ واربن
دِوَنے تتہِ اُس زَن طوطن تتہِ ہاربن
بہار ووڈی منڈ چھاؤن وَن رواچھا
یےِ پڑون دؤد ووتلاؤن وَن روَا چھا

میٚہ تھوٚو مےَ جان حاٗضِر چھُکھ ژٔ مغروٗر
پرژھومےَ وارِ وَن تم کیٛازِ چھُکھ دوٗر
کتھَن میٚے ٹھاکھ تھاؤن وَن روا چھا
یےِ پڑون دؤد ووتلاؤن وَن روَا چھا

بۂ وێسر ووتھس تۂ تھۆتھَس لِرساۤوِتھ

پڑیُن کۆرتھم مێِہ سینَس تیر لاۤےِتھ

چھوکن تیزاب ترٛاوُن وَن رَوا چھا

یہِ پڑون دۆد ووتلاوُن وَن روَا چھا

پٔدِس پیٹھ پۆد مێِہ ترٛووُم ژٕ پیتے دژاس

ژٕ ما گوَے رَژھ گُمانے چھُم مێِہ وسواس

حسد تھاوُن دِلس منٛز وَن روا چھا

یہِ پڑون دۆد ووتلاوُن وَن روَا چھا

صنٛمگۆو آرٕ کۆت ووٗنی پڑاۤرِی پڑاۤری

کرٕنی کۆت تام چھَس ووٗنی شبہِ بێداۤری

یہِ ساتھ رُت راوٕراوُن وَن روا چھا

یہِ پڑون دۆد ووتلاوُن وَن روَا چھا

☆☆☆



وَکھ گوٚو نگھ تلہٕ نیٖرتھ گتہٕ پیہٕ واپَس پھیٖرتھ
روزِ ہے بڑٕتھ اَکھ ٹھہرِتھ گتہٕ پیہٕ واپَس پھیٖرتھ

رٕژھرُم تہٕ کینٛہہ راوِ رووُم پتھ پَلہٕ کینٛژھا تھووُم
سوے رژھ تھاوِنۍ شیٖرتھ گتہٕ پیہٕ واپَس پھیٖرتھ

یہٕ تاہ رٕژھرِتھ تھووُم ہَنہٕ ہَنہٕ مَنہٕ مُشرووُم
زالبہٕ مَنزٕ گوٚو نیٖرتھ گتہٕ پیہٕ واپَس پھیٖرتھ

باغَس پھُلیاہ چھہٕ بسیار کنڈٕ یَن ہُنڈ تہٕ چھُ اَنبار
زِندگی پیٚوٚہے چھہٕ یِرتھ گتہٕ پیہٕ واپَس پھیٖرتھ

ناد ییٚلہٕ لویُم کاُنسہے خوابَن مَنز آو واُنسے
کِنہٕ تٔلی دزاو نگھ مُورِتھ گتہٕ پیہٕ واپَس پھیٖرتھ

پژاران رۄدُس چھُم شُر     أچھِ دَر لَجِم سُہ پیِہ کر
حاصِل کیاہ دژاو پژأرِتھ     گَتہِ پیِہ واپَس پھیرِتھ

رۄشِتھ رۄد کَتھ شائے     تھر پھِر تُمۍ گَمہِ رائے
تھپہِ نیُو گُمۍ گُلو مۄرِتھ     گَتہِ پیِہ واپَس پھیرِتھ

ژٕنتھ رَچھ سیٚدَن تہٕ سادن     مو پژار پھیُر دِرادن
صَنَم ہاو اَز دِل چیرِتھ     گَتہِ پیِہ واپَس پھیرِتھ





دِل چھُے دۄر دِلدارو　　اَسۍ نہٕ موکھ روز وارو
اتھ چھِ وَنن گاٹہٕ جارو　　اَسۍ نہٕ موکھ روز وارو

شۄبۄن گولاب چھکھ ژٕ ے　　میۄن مہتاب چھُکھ ژٕ ے
پۆژٕ زلان چون اَنہارَو　　اَسۍ نہٕ موکھ روز وارو

بول بوش دِل پھولراوَن　　غم غوصہٕ اَسہِ مُشراوِن
خوش باش خوش گُفتارو　　اَسۍ نہٕ موکھ روز وارو

یم دوہہٕ ژٕ ے ستۍ گۄذ آرِم　　ژبتہٕ وٕ ترِس پبٹھ کھاٗرِم
لۆت گۆو میٖہ دِلہٕ کُے بارَو　　اَسۍ نہٕ موکھ روز وارو

اَسان گِنٛدان چھِ ساٗری　　پَرٛ دِل یَتھان چھِ ساٗری
رٕ قیبے چھِ دعوا دارَو　　اَسۍ نہٕ موکھ روز وارو

زِندگی زان چھُ اَکھ راز    یَس پۆرِ سُے ہا کرِ ناز
ناوِ لگنِے ژیٚے تارَو    اَسۄنہِ موکھ روز وارو

ییٚتہِ یور ییٚنہِ مُشراوَکھ    بُمہِ ییٚنہِ زانٛہہ ترٛ کراوَکھ
کۆتاہ چھُ چون اَمارو    اَسۄنہِ موکھ روز وارو

رۄزِ تَن اَسہِ چاأنی سَتھ    دَے ہاأوِتَن اَسہِ رٕژ وَتھ
پۆشِن اَسہِ مِلۄارو    اَسۄنہِ موکھ روز وارو

یار ییٚلہِ ترٛاأوِتھ نیرے    واأنٛج دُبہِ ما پھیرے
زالہِ ما اَسہِ لولہِ نارو    اَسۄنہِ موکھ روز وارو

صَنم وَنان ژٕ بوز کتھ    پگہ وۄنی روزِ تۆرٕچ وتھ
پھۆلِتَن گُل تہٕ گُلزارو    اَسۄنہِ موکھ روز وارو





کوچھِ مڑ نار لَلِنوُم بالَن پان مۨیہ چھوُم
کھوٚڑدی لَد پان پگنوُم بالَن پان مۨیہ چھوُم

گرڑز اوس نخُمن ہُنڈُرے سازَس پیٹھ کُمُی گِنڈُرے
گبوِنے کلام روُم بالَن پان مۨیہ چھوُم

جنگلن پھیٚرُس وأنسے پےَ ما وونَم کأنسے
روٗسِس نافہِ میۨے روُم بالَن پان مۨیہ چھوُم

دارِ بَر تڑوپہِرم سأری وَکھ روو مۨیہ لتس ژھأرِ ژھأری
نکھِ تلہِ گلفام روُم بالَن پان مۨیہ چھوُم

سمیَن وارِ بڑمروُس گلہِ گلہِ زہر تۄُمی چووُس
رٔقیب وارِ رٔڑونوُم بالَن پان مۨیہ چھوُم

پھشوٗرس سیکلین نخَس    مِلتھ گوٚو پان خاکس
لرِ اَدِ پان تتہِ سووُم    بالَن پان مٚیہ چھوٚوُم

ناد مٚیون ما سُے بوزَن    شٮ۪چھ ہیتھ گُس وَن سوزَن
صنؔم مےٚ کاٗنسہِ ما بووُم    بالَن پان مٚیہ چھوٚوُم

☆☆☆



گُس تام ڈیٹوٹھم بڑِ رِوان ؤئی دِوان زاؔئی یارن
چھوکہِ لَد جگر ہبتھ سُے وُچھم اَز پھیٚران مَرگہِ زارَن

یٚیمہِ سُنَد لوءکچار کھونہِ کھونہِ لَلوُن، گلہِ گلہِ چوؤن لولُک مَس
پھٹرڈُ گوٚو یاوُن کوٚت گوٚو لوٗسِتھ تُمؤ ہے اَز سُہ ژھارَن

پیٚتہِ ووتھ ورزُن واو ژوپاؔری گوٚو گُرِتھ وُتھوار گُلن
وَتہِ وَتہِ لتہِ موٚنجہِ گیہِ مارِ مُتؤ ءکتی، کرژو کھٹِتی اَثبارَن

شِہلی گُلبن تل روزُن کتہِ رؤد، ژَم ؤز دَم پھٹُے گوٚو شَباب
عَذابَس منز شاہ تُلی ژھوکیہِ، زَزُر ہو لوٚگ گُلزارَن

کیٚنٹھہ دزلیہِ نارِ سون بیٚیہِ کیٚنٹھہ سرتَل، سوءنی رنگ گولابَن
سمیَن یَس وُنہِ رؤو تمِس اَز، سؤر ہو گوٚمُت اَمارَن

اُڇھڻي اُڇھڻي يَس وُڇھان اوس، سُي ڏُھتھ ٺيؤ واوَن
پَتہِ پَتہِ نيران يَس اوس لولہِ سان، سُي وول گردؤ گُبارن

کرِ ہے پوشن اَبيٲري، اَدِ صَنَم گبھ ہے
مُژرِ نَے نميوٚ ہے گُنڈِ تھُرا کانٛہہ روزنہِ وَزِہان شارن

☆☆☆



مِیانہٕ وِزِ وَن کیٚاز لوٗگُتھ یۄت سنگدِل چھُم حَوٗر

چھُکھ تُلان مےٚ کرٛآری زخمن کِتھٕ گوٗھسم دَگہِ وَن سوٗزر

رَژھ تہِ ما روٗدُے خیالا ژھُر خبَر ہیٚژِتھَم نہٕ زانٛہہ

راتھ تامتھ توتہِ اوسُکھ ژٕے یِوان خوابن اَنٛدر

ژٕےٚ پرٛژھُن کینٛہہ کیٛاہ چھُ مطلب چھُکھ نہٕ بوزَن میٛانٛی کتھ

ما دِیُتھ گُنہِ کتھِ جوابا، کیٛاہ ژٕےٚ چھےٚ دِلسٕے اَنٛدر

لولہٕ برٛتِس ییتھ دِلس گوکھ ٹاس دِتھ رَتہٕ داٰوی گوٚو

کتھ گُرِس چھُکھ اَز کھٕسِتھ مَست چھُکھ کولابَن اَنٛدر

اَز پگاہ گٔری گٔری بےٚ تھووتھَس پژٛارٕ ناوُن چھےٚ نہٕ آر

زٕخم دِتھ مرحم میٚہ سوٗزُتھ زہر برِتھ پیٛالن اَنٛدر

زوٗلتھس کمہِ نارٕ کوٚرٕتھم سوٗر ییتھ روپہٕ بدنسے

چیٚشمہٕ سور مٔلی ہیتھ صنٓم روزہےَ جامَن اَنٛدر





وأنس گئے نیرِتھ سأرِ ے    سۆرِتھ کتھ دِم ژأرِ ے
وَکھ روو ما لُج تأرِ ے    سۆرِتھ کتھ دِم ژأرِ ے

گاسہٕ تُجِہ سومبرِم کأژاہ    محلا تھَدِ تھۆد بنوُم
نے بَرٕ تہٕ نے چھَس دأرِ ے    سۆرِتھ کتھ دِم ژأرِ ے

اَنٛد بۆر ما گُنِہ کارَس    پان لۆگُم گٹہٕ کارَس
نَہ چھِ پوش نَہ پوشہٕ وأرِ ے    سۆرِتھ کتھ دِم ژأرِ ے

کُنٛڈی زال کِتیاہ پھأل یے    بُلبُل تہٕ کرٛاہ وولیے
گُج گیہِ پانہٕ وَنہٕ ہأرِ ے    سۆرِتھ کتھ دِم ژأرِ ے

وَق پیٛۆمُت چھُ سمسارس    رنٛگ ڈول پرٛتھ انہارس
رنٛگ ژٔر کٔمی غمن مأرِ ے    سۆرِتھ کتھ دِم ژأرِ ے

گرِ بو دژاپۆس گُن زۄن   زأنۍ رُس بێیہٕ ہو چَنٛدٕ چھۆن
پڑتھ کانٛہہ مےٚ باسو گارٕے   سۆرِتھ کتھ دِم ژأرٕے

ہٕہنٛہٕ آس صنٛم گٹہِ مژَرے   موٗختہٕ مال آیہِ چھُکرنَے
أنۍ سارِ کیٛاہ دِمہٕ ژھأرٕے   سۆرِتھ کتھ دِم ژأرٕے

☆☆☆



رایہِ رایہِ وڑایہِ سأری کأنسہِ ما دِڑ پوّت نظر
کأنسہِ ما آلو پِلوَ کوّر ما وونگھ ژِ تہِ کر سَکھر

مےٌ تہِ ما اوسُم وَنُن کیٹہہ کیٹازِ تُلہِ ہکھ ٹلو مڑَر
کلہِ نوّمبرِتھ کوُت بوٗزِم تہٹز کڑکہِ چکہِ ہُنڈ تھَزر

حالہِ پنٹے ژھوپہِ کرتیَم کتہِ بہِ اَنہِ ہا ترِژھ زبان
آسنگ اوسُکھ سبٹھاہ دَم بٹیہِ دِلن اوسُکھ ژھوژر

ہوش ما اوسُم مےٌ تیٹھ یُتھ کڑکھ دِتھے ألراوِ ہکھ
کتہِ مےٌ أہِسم ترِژھ سکتھ ووٹ یُتھ تمِن گڑھِ ہے اَثر

کھوڑی کھوڑی اوسُس بہِ نیران گرِ نبرَ اَرِ سرِ کران
گُنہِ چھُنا کاٹہہ دردِ لداہ بیٹہِ باوِ یَس پنہِ نُئے مڑَر

دۄر ترٛاۄِم آسمانَس اَکھ نظر کرٚیہنبر وُچھم
کتہِ پھولن سنگر ژلبم بٕنیہِ یَتھ دِلس مۄنز چھُم حۄر

قُمری کوٚستوٗر کوٚت سنا گئے بَرٕ گُمتی پھولنے گولاب
اَڑ وَتے ترٛاۄِتھ مےٚ کوٚت گئے بولِونی اَز در بَدر

کتہِ صَنم ووٗنی ژھانڈِ تِمنے یِم مےٚ ترٛاۄِتھ دۄر گئے
بنہِ اَگر ہمراہ مےٚ کانٛژھا پےٚ سُہ ونہِ ہم پۄز پَزر





وَنتہٕ یارَو تاپہٕ کڑایَن لَرِ بہٕ ساوَن چھا بجَر
ژٕریشہِ ہۆت چھُس دۄر پیٚوٗمُت کڑیشاوُن چھا بجر

ییٚمی تھَزر دیُتنےٚ ژٕتَس پڑژھ وارٕ پاَٹھِن کیٚاہ چھُ پۆز
کم چھِ ژھارٕنی کم چھِ گارٕنی کم چھِ تارٕنی تارٕ پۆز
آش ہیتھ یُس آسہِ آمُت منٛدٕ چھاوُن چھا بجر
ژٕریشہِ ہۆت چھُس دۄر پھِوٗمُت کڑیشناوُن چھا بجر

کیٚازِ وَنتم چھُکھ ہوان پۆت دود ووتلاوان مےٚ چھُکھ
ژھایہِ گتی گری گری ژٕ وَنتم کیٚازِ تمبلاوان مےٚ چھُکھ
تھر پھِرتھ روزُن مےٚ کن بیٚیہِ مُشراوُن چھا بجر
ژٕریشہِ ہۆت چھُس دۄر پھِوٗمُت کڑیشناوُن چھا بجر

چاخہِ باپَتھ دۏرِ آیۏس بَر تھوؤتھ دِتھ پۏت پھرِتھ
گوس لۏسِتھ پڑاَری پڑاَری کۏت ژِ ژوہم ژھَل گرِتھ
بڑونٹھِ گُنہِ نیاءؔمِژ تھۏتھ میٚو بہِ کھیاۏن چھا بجر
تڑیشہِ ہۏت چھُس دۏر پہومُت کڑیشناۏن چھا بجر

بڑونٹھِ گنہِ عرضی تھیےٚ مےَ کر تِہِ دستخط ژَلہِ مےٚ شَر
ژبتہِ دیٚتھ کن ڈول ما گۏے میانہِ حالُک کاژبہ اَثر
دردِلاہ کاژبہ یَس نہِ آسی اَند سُہ تڑاۏن چھا بجر
تڑیشہِ ہۏت چھُس دۏر پہومُت کڑیشناۏن چھا بجر

آش ہبتھ چھُس وُنہِ تہِ چاَنی کر تِہِ اَکھ نظرے میٚہر
زِندگی ہِنڈی دام ساَری چھِم مےٚ باسان ٹیٹھی زَہر
سۏر ییٚلہِ گڑھِ پۏرِ صنمسؔ شیٚہلاۏن چھا بجر
تڑیشہِ ہۏت چھُس دۏر پہومُت کڑیشناۏن چھا بجر



○

چھے اَگر مَرتب ژےٚ پڑاوُن   تیٚلہِ ڈ پوٚز اِنسان بَن
ژوٚک موٚدُر ژألِتھ ڈ مُشراو   شاہ ڈ بَن شاہانہٕ بَن

وُچھتہٕ شُمہَس تیٚہہ چھِ کأژاہ   روٗزِ پڑزلان دوہہ تہٕ راتھ
یُتھ گوٚھی تَس ستی مێُل ژیٚنے   تیٚتھ ڈ اَز پروانہٕ بَن

دوہہٕ گُذارِنی چھی ژےٚ ستین   کھارِنی گُلوارِنی
چھوکھ اَگر کأتیاہ تہٕ لگنےٚ   توتہِ ڈے مَستانہٕ بَن

کیٚنٛہہ چھِ پڑاوان لولہِ اَرزتھ   کیٚنٛہہ بَنان مُفلِس فقط
نارِ منٛزِ یُتھ سوٚن ڈ نیرَکھ   شوٗبہٕ وُن دُردانہٕ بَن

کیٚاہ أمیری کیٚاہ غُریبی   دان گوٚھ لوٗلُک کرن
چیتھ گوٚھن یُتھ مَست سأری   تیٚتھ ڈ اَکھ موےٚ خانہٕ بَن

موٚت سُہ یاوُن پوٚت نہٕ پھیران    رأسی گوھان گرٛزوُن شباب
سُلہِ گرے پڑاو تھوٚد مُقاماہ    اَز ژٕ پوٚز جانانہٕ بَن

دوٗرِ دُنیا اَکھ تماشاہ    ییٚتہِ چھُ پرٛتھ کانٛہہ بأزی گار
یُتھ نہٕ تمبلکھ پیٚنہٕ ژٕ راوَکھ    اَز تیٚتھُے نادان بَن

پیٚنہٕ کتھَن اَز دِکھ ژٕ زآچھر    پیٚنہٕ ژٕ اَچھرن ترٛاش ہبکھ
یاد یُتھ پرٛتھ کانٛسہِ پیکھ ژٕے    اَز تیٚتھُے افسانہٕ بَن

ووٗنی صَنم ووتھ نیر پانَس    سُلہِ گرے ژھارُن ژٕ یار
سُے ژٕے واتی داوٕ پے اَز    ژٕے تَسُند دیوانہٕ بَن





پان چھُم لوٚگمُت مےٚ داوَس زِندگی دُشوار گئے
لالہِ نِے مول روومُت اَز باوِ رُس باز اِر گئے

تاپہ ژنجبوٚ ستی لوٚگمُت آمتاو چھُم یتھ دِلَس
سیٚگلی صحراو ووٗنی ژوپاری آبہِ روس آبشار گئے

واوِ ہالین ژاٗنگی زاٗلم اَنہِ گوٚٹُے اَنہِ گوٚٹ ژوپاری
دَم گوٚمُت اَز پوشہِ نوٗلن پھُلیہِ روس لالہِ زار گئے

شبنمس شیٚہجار کوٚت گوٚو نارِ ریٚہہ آبَس ووتھان
یاوٗنَس اَز سوٗر پھوٚلمُت لولہِ پَن تارِ تار گئے

پانہِ سِے پہتُرن مےٚ تھووم کُن سِتم کبزُرک دوہَے
اٗندرِی ژھرٹہِ ژھرٹھ وُٹھ مےٚ بند چھُم ما کتھاہ اِظہار گئے

دِل ملوٗل خوش باش گاٗئتی ٹیٚھر سِے چِکہِ چاو اَز
وُچھ صَنم ییتہِ لولہِ لوِ ہٗتی پوش اَز لاچار گئے



اَز کفَن ترٛ ووُم اَمارَن — بالہٕ یارَن ہیٛوٚت مےٚ پوٚت
غوصہٕ رٚوٹنم دوس دارن — بالہٕ یارَن ہیٛوٚت مےٚ پوٚت

زوٗنہٕ رأژن خوٗن ہورُم — موختہٕ دانَن چھلہِ گیٔم
چھُس نہکٕی تارکھ بہٕ ژھارن — بالہٕ یارَن ہیٛوٚت مےٚ پوٚت

اَڑِ وَتے گوڈ کئڈی پھٹِم — رونہِ بنٛدن شرٛونٗ شرٛونٗ مےٚ روو
روو مےٚ اَز مِضراب تارَن — بالہٕ یارَن ہیٛوٚت مےٚ پوٚت

ژھٹھ اُنجم ہَرِدِنٗ گولابَس — وَٹھ مےٚ اٗنٛدری گوٚو دِلَس
کِتھٕ پھولن گُل ونٗ بہارَن — بالہٕ یارَن ہیٛوٚت مےٚ پوٚت

ییٚلہِ قَدم ترٛووُم اَنٛدر یتَھ — گُلِستانس بُتھِ ڈوُلس
گرٛز مُشِتھ گوٚو آبشارَن — بالہٕ یارَن ہیٛوٚت مےٚ پوٚت

چوٚن دِژاَمَس خوٗنہِ دِل میےٚ      توتہِ ما گوٚو تَس اَٹَر
بَس یہُے غم چھُم مےٚ مارَن      بالہِ یارَن ہیٚوٚت مےٚ پوٚت

چھُس صنَم ہاَرِتھ بہِ پیٛوُمُت      پڑاَری پڑاَری لوٗسم مےٚ وأنس
وٗنی دِژاَمَس گامہِ شہرن      بالہِ یارَن ہیٚوٚت مےٚ پوٚت





عارِ روستے یارِ زولتھ گُلِستانس نار ژیےٚ

میٖانہِ لولُک محلہِ خانٕے اَز کوٚرُتھ مِسمار ژیےٚ

چھِم دَفَن گرٕمتیٚ اَنٛدر یتھ سینٕس مٛز کم اَمار

کانٛہہ کتھا وَنٛتھس تہِ ما تھوٗوتھَم اَز وار ژیےٚ

روٗیہِ نازَس چانٕسے وُچھہا بہٕ ووٗنٛ تھَلہِ تھَلہِ دوہے

چیٚشمہٕ لوٚسَم پرٛاَرٛی پرٛاَرٛی ما دیٚتُتھ دیدار ژیےٚ

چھوکھ دِتتھ کاُتیاہ مگر اُف تہِ ما کوٚر مےٚ زانٛہہ

پُنٛن اَستھ دوٗر ہیٚوتھم کوٚرتھَس نادار ژیےٚ

تھاوِتھَم وَتھرِتھ دوہے گنٛڈی وَتَن اَدٕ پٔدی ژھٕنٛم

زٕخم دِتہِ تھَم یتھ دِلس ٕکتیٚ کوٚرتھَس بیمار ژیےٚ

پوٚشہِ نٕے ہُنٛد خوش یوٗن روٗے پوٚشاوُن ما توٗگےُ

کوٚل بہٕ کوٚرتھَس تھَپہِ مےٚ نیوٚتھم مولہِ وُن گُفتار ژیےٚ

بے ووفاَیی چانٛی روٗزٕم دوٗد ووتلاوان دوہے

چھُس صنم دَم پھُٹ گوٚمُت کوٚرتھَس لاچار ژیےٚ



وُنُم پۆز اَتُر گۆو پیٚتُر پھۆو مےٚ پانَس
یِہ گُس اٰلی منٛز روٗنگ تزُم گۆو جہانَس

رَنٛگ دار پوشن منٛز اَکھ سفید پوش
رٹہِ ہے سُہ تہِ رنٛگ کتہِ اَنہِ تیُتھ ہوش
وَنہٕ گَس چھُنا نتہٕ پےٚ باغبانَس
وُنُم پۆز اَتُر گَو پیٚتُر پھۆو مےٚ پانَس

لَگِم ءکتی اَز تام زٕخم ما کۆرُم لۆکھ
اَلگابہٕ زیۆ پھٕر روٗوم دِلُک سوکھ
پکھوٗرِس ٹُلان وُپھ بۄ چھُس آسمانَس
وُنُم پۆز اَتُر گَو پیٚتُر پھۆو مےٚ پانَس

شۆنگِتھ سارِنۍ ییٚتہِ احساس چھُ وارَے
ہونگُن بَنٛد تھَوُن ژھوپہٕ کرنَس نہٕ چارَے
وَٹکھ نۍ اَگر زیوٚ للکھ ژٕ ے طوٗفانس
وونُم پوٚز اَثرُ گو پیٚتُر پھوٗو مےٚ پانَس

دِوان گُس پزِس ساتھ راوان ژٕ وَکھ چھُکھ
ییٚتہِ چھا وُنن کائٕسہِ کیٛتھ چھُکھ تہٕ کیٛاہ چھُکھ
صنٔم گَس ونکھ زَر پیٛوٚمُت زمانَس
وونُم پوٚز اَثرُ گو پیٚتُر پھوٗو مےٚ پانَس

☆☆☆



یَنہٕ خیالن منٛز مےٚ ترٛاوٕم جاے اَتھ انہار ہے

سَتھِ مےٚ تَنہٕ ستچِ گنیم وَتھ دِزٕم ووپکار ہے

خوابنٕے تأپر نیٛرن اَز ہیوٚتُن دِلدار ہے

سَتھ مےٚ تَنہٕ ستچِ گنیَم وَتھ دِزٕم ووپکار ہے

گرٛزنہِ ئُج وٚتھ لوٕچی لوٚگ اَز اَمارن پھیٛر وُچھو

واوِ رِنگشاہ وُزٕناوَن اَڈٕ پھولبِن ٹوٗربن وُچھو

گتھ کران یوٚمبرٕ وُچھُم ئُج پھُلے گُلزار ہے

سَتھ مےٚ تَنہٕ ستچِ گنیَم وَتھ دِزٕم ووپکار ہے

میچھرس پوچھر دیُتنم زُچھرس اَدٕ اَنٛد ووٹُم

پَتھ پیٕوم ژاٗلتھ ٹچھر نالہٕ مَتہٕ اَدٕ سُے روٗٹُم

ژول کجر مےٚ وارِ وارے پکھ لجبم گُفتار ہے

سَتھ مےٚ تَنہٕ ستچِ گنیَم وَتھ دِزٕم ووپکار ہے

آبشارَن تَل رٕٹُم دَزٕونی اَمارن ہنٛز یہِ چھَل

چانہِ ستمن نیرِ اَز شَر چانہِ لولُک چھُم یہِ بل

بول بوشاہ آو زیوٗ پیٹھ لوٗگ نوبر وۄہار ہے
سَتھ مےٚ تنہٕ ستچِی گنیٖم وَتھ دِژم ووپکار ہے

ژھوکھ ژُلم کِتیاہ مےٚ جِگرس یَنہٕ مے سمکھیٚو یارِ خاص
گاش تارُکھ از چھُ پرٛزلان چھُم دِوان ہرکُ یٚک مےٚ باس
لولہٕ جوبَن بُکھ لوگُم لر مےٚ ترٛأو شیٚہجار ہے
سَتھ مےٚ تنہٕ ستچِی گنیٖم وَتھ دِژم ووپکار ہے

بُلبُلن ہُنٛد بول بوشا پوشہٕ نٔولن ہُنٛد گوٗن
یارِ سُنٛد خوش باش آسُن ڈٲکہٕ مُترٲوِتھ تھوٗن
پرٛزٕ پھوان وُچھ شبنمس لۄ پھوان سبزار ہے
سَتھ مےٚ تنہٕ ستچِی گنیٖم وَتھ دِژم ووپکار ہے

مایہٕ ہٕژ بَس اکھ نظر چھَم پھوٚلراوان یَتھ دِلس
چھُس صنم ژےٚ کُن وُچھان واتُن مےٚ چھُم تتھ مَنٛزِلس
اَژھِ رژھِ اَدِ ہیٚن گوٗن روٗنہٕ وزن پرٛتھ شار ہے
سَتھ مےٚ تنہٕ ستچِی گنیٖم وَتھ دِژم ووپکار ہے





دِل سۄبٹھاہ بێیہِ سمجھوُم     توتہِ ما تَس گۄو مُشِتھ
وارٕ پأٹھن رٕنزٕنوُم     توتہِ ما تَس گۄو مُشِتھ

دژاس گرِ اَتھ چھۄن تہٕ نبتھٕ نۄن     گوس حأران گژھٕ بہٕ کۄت
شۄبہٕ سان لرِ منز بہٕ اوُسس     یێتہِ مےٚ میۆلُم بژ اری کھۄت
دِل سۄبٹھاہ بێیہِ سمبلوُم     توتہِ ما تَس گۄو مُشِتھ
دِل سۄبٹھاہ بێیہِ سمجھوُم     توتہِ ما تَس گۄو مُشِتھ

یِم ظُلُم وبتر آوی ما مُٹھی     یێمہِ زمانٕکی اَکھ تہٕ بیٚاکھ
مَسولَن ہُنٛد وَچھ پۄشن تے     بُلبُلن ہٕنٛدی یِم وبداکھ
بێیہِ چھوکن مرحم مےٚ تژووُم     توتہِ ما تَس گۄو مُشِتھ
دِل سۄبٹھاہ بێیہِ سمجھوُم     توتہِ ما تَس گۄو مُشِتھ

یِیلہِ وتِن وَتھرِتھ وُچھُم خٕوٗن موصوٗمن ہُنٛدُ ے
بَرِ گرٛشھُن وٕسی پٮ۪وٗن یِمن پھولہِ وِنٛنِ پوشِن ہُنٛدُ ے
دِتھ مےٚ مَس دِل سمجھوٗوم توتہِ ما تَس گوٚو مُشِتھ
دِل سبٹھاہ بٮ۪یہِ سمجھوٗوم توتہِ ما تَس گوٚو مُشِتھ

کأنٛسہِ رٕو لختے جِگر بٮ۪یہِ کأنٛسہِ بوے بٮ۪نہِ مول موج
رٕو لوکہِ چار کأنٛسہِ مِلرٕار آدنُک کأنٛسہِ روو بوج
گٲدرٕمِتَس پَردِ ترٛووُم توتہِ ما تَس گوٚو مُشِتھ
دِل سبٹھاہ بٮ۪یہِ سمجھوٗوم توتہِ ما تَس گوٚو مُشِتھ

پوشہِ باغن سَگ دیٚتُم ٹوٗری پھوٚلرٲوِم مےٚ ٲکتی
اَز صنَم ووٕنی چھُس ہوان بٮ۪یہِ گیوٗن یِیمہِ شارِ ٲستی
برٛم دِتھے مےٚ تثٕبلووُم توتہِ ما تَس گوٚو مُشِتھ
دِل سبٹھاہ بٮ۪یہِ سمجھوٗوم توتہِ ما تَس گوٚو مُشِتھ



○

مےٚ کتھ رأوِم تہٕ سَتھ رأوِم    مےٚ تھأوِم زیوٚ ؤٹِھ پانَس
پھیرو دوبِوے زِ آو سہلاب    مےٚ تھأوِم وبتھ کھٔٹِتھ پانَس

وَنس کیٛاہ پےَ چھُنا نتہٕ تَس    تُلُن ما میٛانہِ کتھ زانہہ دَس
پنُن حال بٔلہ تمِٔس بووُم    مےٚ تھأوِم وَتھ ژٔٹِتھ پانَس

مےٚ بأوِم تَس پنٕنی اَکھ کتھ    دِلَس إٔسم مےٚ تمٔی سِنٛز سَتھ
مےٚ سرٛ وگہِ مولہٕ پان کِنہٕ نووُم    مےٚ تھأوِم سَے رٔٹِتھ پانَس

مےٚ یوٗتاہ لول بوٚر تمٔی سےٕ    سُہ تیٛوٗتاہ گوٚو بٔنِتھ سنگدِل
وُنن پننہٕ نُے وُچھو رووُم    مےٚ آیہِ وأنج پھٔٹِتھ پانَس

وَسان اوُسُم مےٚ اوش دارے    وُچھان روٗدُم سُہ تٔلی ٹارے
مےٚ پامے پان رَٹنووُم    مےٚ تھاوبم أچھی ؤٹِتھ پانَس

مےٚ أٸسم آش تٸمٔی ٸشژ بَس　　سٔہ دژاو بٸے عار کوٚرَنَم ژس
یہِ دِل ہٸنڈ رِتھ تہِ زِنڈٸ تھوٗم　　بہٸ روٗدُس تٸتھی ڈٸٹھ پانَس

صٓنم اَز کتھ گَرس ٸلو گژاو　　گٸرن زان ووپرٸنے ٸتی دژاو
ژھوٚٹس آٹاس ٹلہٸ نووٗم　　مےٚ تھاٸوِم پھٸلی ژھٸٹِھ پانَس





پایہِ بڈِ اَز چانہِ بَرٕ تل خاٗلی یِنہٕ نیرُن پیٚیم
واتناوُم تتھ مُقامس ییٚتہِ نہِ پوٚت پھیرُن پیٚیم

یِنہٕ ژٕ تھاوَکھ پردٕسے تل پڑتھ کتھَے اَز کٔڈ ژٕ واش
یِنہٕ نبَس ژھسکھ روزِ اوبرٕچ یِنہٕ کھٔٹِتھ تھاوَکھ ژٕ گاش
زوٗنہِ یِنہٕ لگہِ گرٛوہُن یِنہٕ گُنہِ پہٕرٕسے ٹھہرُن پیٚیم
واتناوُم تتھ مُقامس ییٚتہِ نہِ پوٚت پھیرُن پیٚیم

یُتھ نہٕ بُتھ واوَس پیٚیم دیُٛن یُتھ نہٕ چاوَس گرٛشہِ کجر
خال و خط میٛون سیٛوٚد بناو اَدٕ روزِ یِنہٕ گُنہِ رَژِ ہجر
یِنہٕ گرٛھسم تیٛتھ پانٕسے گُن زانہہ وُچھِتھ ترٛہرُن پیٚیم
واتناوُم تتھ مُقامس ییٚتہِ نہِ پوٚت پھیرُن پیٚیم

دوہلہِ یِنۂ تارَکھ پبنم گنزرِنی تۂِ أنزرِنی لوٗکۂ نیٔاے
اورِ یورَے یِنۂ مےٚ پھِرناوَکھ لگبم یِنۂ وُہَر تۂِ واے
أندرِمے أندری وبۂارُن زال یِنۂ ییرُن پیٚیِم
واتناوُم تتھ مُقامس بیٚیتہِ نہِ پوٚت پھیرُن پیٚیِم

ژھپۂھ ژِ یِنۂ دِکھ بوز میٔونُے چھُس بۂ چونُے کر وبۂار
ژپٚۂھ مےٚ ہیٚنز چھَم پانسِے از تھاَوِزبم اَدِ ژِ تہِ وبکار
چھُس صَنَم دِل دوٗر کرُن چھُم روے پٔن شیرُن پیٚیِم
واتناوُم تتھ مُقامس بیٚیتہِ نہِ پوٚت پھیرُن پیٚیِم





گڑنزرُس نیاے ڑے أنزرَکھ کیاہ  چھکُرِتھ آسکھ تۂ سوٚمبرکھ کیاہ
أئِنتھ روس صحٔراو شڑ ؤکرکھ کیاہ  چھکُرِتھ آسکھ تۂ سوٚمبرکھ کیاہ

کڑؤٹھ سفر چھے مٔنزل دوٗر  منز زِندگأنی چھُکھ مجبوٗر
وولہٕ بور نکھِ چھے لوٗزرکھ کیاہ  چھکُرِتھ آسکھ تۂ سوٚمبرکھ کیاہ

کُس کُس ستۍ ڑے پکناوٕ ہَن  میوٚٹھ تےَ موٚدُر میوٚنڈ کُس کھیاوٕ ہَن
پَرٕ چھے پانَس تۂ بأگرکھ کیاہ  چھکُرِتھ آسکھ تۂ سوٚمبرکھ کیاہ

ڑوپأرۍ ووٚتھمُت وورزُن واو  نَم رَٹھ چیرٕ ینہٕ بیٚیہٕ پھٹہٕ ناو
ہَم کھوٗرٕ پھُٹہٕ تے ألرٕکھ کیاہ  چھکُرِتھ آسکھ تۂ سوٚمبرکھ کیاہ

ووٹھ ڑھانٹھ وانٛزٕ کوٗت مُشکِل  ٹٲٹھ دِتھ پکھنٕے چھے بِلکُل
بے بَس چھُکھ ڑے ڈٔکھرکھ کیاہ  چھکُرِتھ آسکھ تۂ سوٚمبرکھ کیاہ

بۆمبرن ژٕہتھ نٮ۪و پوشن رَس	نےٚ گَوٗٹھس تےٚ نےٚ گوٗٹھس
جِگرٕچ دَگ ژٕے مٔشرَکھ کٮ۪اہ	چھٔکرِتھ آسکھ تہٕ سۆمبرکھ کٮ۪اہ

صَنَم چھُکھ بامہٕ روس جامہٕ چھےٚ پژٲنۍ	وٕستھےٚ ہیٚرٕ آیہِ زَن شیٚنہٕ مٲنۍ
وَنتم اَمہِ کھوتہٕ ہٕنٛدٕرکھ کٮ۪اہ	چھٔکرِتھ آسکھ تہٕ سۆمبرکھ کٮ۪اہ

☆☆☆



ژنتبَس مٹز تھاو ہینٚز چھےَ سام پانَس
وَنُم پڑوُوتھ ژےٚ کیٔاہ اَزتام پانَس
گرٚھی پنہٕ منٛدہٕنے ژیٚےٚ شام پانَس
وَنُم پڑوُوتھ ژےٚ کیٔاہ اَزتام پانَس

بٔری کٔمۍ گَن پیٛوُوے اَز گاٹہٕ کارَس
ژےٚ دیُتنےَ اَڑ وَتے ٹکھ گاٹہٕ جارَس
گرٚھی پنہٕ اَدٕ سوٚنَس ژےٚ ترٛام پانَس
وَنُم پڑوُوتھ ژےٚ کیٔاہ اَزتام پانَس

رٕچھنۍ گرٛھِ ژبتھ تہٕ دیُن گرٛھِ پزرٕسے سگ
کتھَن دِکھ توٚل چھےٚ وبترٕنۍ دِلٕچ دَگ
اَتُر گٔرِتھے گوٚھکھ کیتھٕ تام پانَس
وَنُم پڑوُوتھ ژےٚ کیٔاہ اَزتام پانَس

دو ہے ما روزِ ییتہِ کاڻہہ منڙ بہارَس
پیوان تڙاوُن چھُ پننُے پان نارَس
ڙِ نےَ ڙالکھ تہِ روزکھ خام پاَنس
وَنُم پڙووُتھ ڙےٚ کیٛاہ اَزتام پاَنس

ڙِ چھُکھ عاٲقل کرِنی غاٲبتھ بجر چھا
تھوُن اَڻدری بوٚگز پاٲلن بجر چھا
گرٛھِی یِنہِ خاص اَسِتھ عام پاَنس
وَنُم پڙووُتھ ڙےٚ کیٛاہ اَزتام پاَنس

وَنے کیٛاہ اَز صنَم ڙےٚ چھُکھ ڙِ دانا
چھِ تڙاوان پھاس کیٚنٛہہ ڙھاڻڈان بہانا
ڙِ باٚگڙاو لوٗل مہ ہے اِلزام پاَنس
وَنُم پڙووُتھ ڙےٚ کیٛاہ اَزتام پاَنس

☆☆☆



اَز ؤنِو کمہِ رایہِ مےٚ گُن چھِہٕ وُچھان چھُہٕ مرحبا
چھِہٕ دِوان کم گڑایہِ کتھ پیٹھ چھِہٕ پشان چھُہٕ مرحبا

مأری مٔندی نٔندِبأنی سأری توتہِ کینٛہہ اَڈِ پڑأنی چھِہٕ
چھِہٕ کران ؤہی واے کینٛہہ بیٚیہِ چھِہٕ اَسان چھُہٕ مرحبا

چھِہٕ سٕمتھ سأری ییٚتی نَس گامہٕ کِے کینٛہہ شہرٕ کی
اَکھ أکِس ہمسایہِ توٚہی چھِہٕ ییٚتہِ ونان چھُہٕ مرحبا

کیٚازِ چھِہٕ تھلہِ تھَلہِ وُچھان پَلہٕ چھُوا کینٛہہ توٚہی ؤنِو
سوچھِ گٔرِو کمہِ آیہِ دولتھ چھِو رچھان چھُہٕ مرحبا

بُتھِ پیٹھےَ پَشپان توٚہہِ چھُہٕ گاٹہٕ جارُک نۆر اَز
نیٚاے أنٛزرنہٕ وِزِ وَٹان وُٹھ کینٛہہ گرٛزان چھُہٕ مرحبا

ماجِہ تہُنٛزٕ ے کیٛاہ وَنو اَز پوشٕونۍ چھم أنۍ تہٕ گنٛز
بڑوٚنہہ گُنے وأتِتھ پٕنٛنۍ خاص چھِو مشان چھُوٚ مرحبا

چھُس بہٕ اَکھ بشراہ توٚہی ہیٚوٚ مےٚ تہِ چھُوٚ دِل ووتلان بوڈان
چھِو ییٚتھے ہی توتہِ کانٛہہ دِل چھِو رچھان چھُوٚ مرحبا

وُڑھ مےٚ پھیشِم ترٛیشہِ داماہ شٕہُل شٕہُل چمہٕ ہا بہٕ اَز
چووَنٛس کٔمۍ زہرٕ پیٛالا چھُس دزان چھُوٚ مرحبا

پِنہٕ ملالے گرٛھوٚ میٛونۍ چھُس صنم بڑوٚنہہ کنہِ وَنان
پانہٕ کھٕبتھ چیٚتھ یاد باتٕے چھِوٚ پھوان چھُوٚ مرحبا





سٕمِتھ سأری زبان اَسہِ یار بایا   چھِہ ہاوان أسی لُکن مِلژار بایا
ژٕٹُن پٕتی کٕنِز وَگُو سون کار بایا   چھِہ ہاوان أسی لُکن مِلژار بایا

اَگر کانٛہہ پٮ۪ٹہِ پتھر لایو تٔمِس کٔنِز   کنو ییٚلہِ رَتھ پھٕٹِس اِدٕ کتھ گرٕھبس تٔنِز
اَپُز ترٛاوو أچھو کٕنِز فیٚار بایا   چھِہ ہاوان أسی لُکن مِلژار بایا

ہبکان یُتاہ وَٹان کیٛنہہ دوٚدِھ دیٚار   چھُوان لاچارنے خٔون چھِکھ دِوان مار
بناوان تٔتھی مندر گوردوار بایا   چھِہ ہاوان أسی لُکن مِلژار بایا

وَنَن یُس پُز کتھا ترٛاون تٔمِس ٹھول   بنان اَپُزیُورسے راوَن تٔمِس مول
بنِو کھٕنتھ رِشوٕ سرمایہِ دار بایا   چھِہ ہاوان أسی لُکن مِلژار بایا

کران ییٚتہِ گاٹلبن چھےٚ چانٛٹھسے گنٛڈ   ہوان ییٚلہِ بیقلن چھی چایہِ ہُنٛد فنٛڈ
ہوان چھِکھ نبتھ تِمے بے عار بایا   چھِہ ہاوان أسی لُکن مِلژار بایا

چھِ وایان پانٕہٕ وٲنٛزٕ بے وایہِ شڑاکے    وُچھَن گُس ما چھُ کانٛہہ ہمسایہِ فاقے
کھوٚان پانَس میوٚنڈاہ مزِدار بایا    چھِ ہاوان أسی لُکن مِلشار بایا

سماجَس أسی چھِ ہاوان سبزٕ رٕچی وَتھ    دِوان پأرٕی زان پزٕرٕچی توٚہی تھٲو ستھ
چھوٚان داما گِنٛدان ہیٚیہِ زار بایا    چھِ ہاوان أسی لُکن مِلشار بایا

کرِنٕی غأبتھ چھُ اَسہِ عادت سبٹھاہ پڑون    وَنان أسی گاشہِ دارِس چھےٚ ژٕ چھُکھ کون
بناون أسی پڑنِس داغدار بایا    چھِ ہاوان أسی لُکن مِلشار بایا

کران نیتھٕر شُربن ییٚلہِ دوٗر نیران    رَچھان زاشُری تِمن پتٕہٕ پتٕہٕ چھِ پھیران
تِمن باسان چھِ مول موج بار بایا    چھِ ہاوان أسی لُکن مِلشار بایا

چھُ ما صنمس تہِ کیٚنٛہہ پنٕہٕ نبن اَتھَن منٛز    تِمنٕے باوان چھُ سُے سورُے کتھَن منٛز
اَوے اَز سُے وَنان تِتھی شار بایا    چھِ ہاوان أسی لُکن مِلشار بایا





جان چھُم جانانہٕ چھُم سُے موُلُل دُردانہٕ چھُم
پھولوُنُے روے خوے تٕسٕندے اُلفتُک سامانہٕ چھُم

مُشکہِ اَدفر چھُم یِوان مےٚ تٔمؠ سٕندِس گُفتارسٕے
اَز بٕرِتھ باسان تٕسٕندِ شفقتُک پیمانہٕ چھُم

پوشہٕ وُن تےَ توشوُن مۄنٛچھر تہٕ پوچھر تَس کتھَن
نِش چھُ تس سرمایہِ لولُک مایہِ ہۆت مستانہٕ چھُم

یُس بٕسِتھ دیدن مےٚ درمَن سُے چھُ پڑزلان زَن شمع
گژھ کران أندی أندی تسٕے میٛون اَز یہِ دِل پڑاونہٕ چھُم

دِل چھُ سُے دِلدار سُے گُل تہٕ بٕیہِ گُلزار سُے
ہارٕنے گرٛکہِ مٔز مےٚ سُے رٔحمتُک بارانہٕ چھُم

میٲنٛی رُم رُم تَس کران یاد تَس پَتے گژھہٕ ہا فِدا
زِندٕگٲنی از پننۍ تٔمۍ سُنٛدٕے نذرانہٕ چھُم

ملیہِ ہوٚت دِل ڈالہِ سوزَس اِنتظارس روزٕ لتس
یَژھ تہٕ پَژھ ترٛژھ چھَم مےٚ تَس پتھ پوٚز تسُنٛد یارانہٕ چھُم

اَکھ نظر تٔمۍ سٕنٛز گٔیم سیٚوٗد اَدٕ اَچھر جورٕنۍ پیٚتم
غزل میٚونۍ چھُم نظم سُے بولوٗن اَفسانہٕ چھُم

واتہِ پانے نِش صَنَم لتس ژالہِ کتہِ دۄر بر تسُنٛد
آش چھَم از گٹہٕ گژھم دۄر نۄر سُے نۄرانہٕ چھُم

☆☆☆



آڈنُک سُے یار ییِہ نا    ہاوِ نا مےٚ رُت بہار
سیٖنہٕ مُژرِتھ لتس بہٕ ہاوس    ءکتیٖ چھِم أنٛدری اَمار
وارٕ وُچھہٕن پھیٖری پھیٖری    سُے پیٛن اَکھ غم غُسار
سیٖنہٕ مُژرِتھ لتس بہٕ ہاوس    ءکتیٖ چھِم أنٛدری اَمار

ژھٕنہٕ بہٕ گومُت چھُس تٔسی نِش    چھُس بہٕ پژارن پیِہ سُہ کر
دۄرِزَن گٔرنم تسٕنٛدی مےٚ    أنٛدرٕی أنٛدرٕی ءکتیٖ شَر
یِتر آیم یَتھ مےٚ سیٖنَس    گیِہ گٔرِتھ مےٚ پارٕ پار
سیٖنہٕ مُژرِتھ لتس بہٕ ہاوس    ءکتیٖ چھِم أنٛدری اَمار

ڈالہِ کیٛاہ سنہٕ نِم بہٕ تَس    کرِژھ بہٕ کرٕ پٔژھی پۄز تَسِ
پان میٛونُے تَس چھُ حاضِر    زُو میٛون آیُت چھُ لتس
عٔلمِکُے آگُر مےٚ چھُم سُے    گون چھِ لتس بیٚیِہ بے شُمار
سیٖنہٕ مُژرِتھ لتس بہٕ ہاوس    ءکتیٖ چھِم أنٛدری اَمار

یێلہِ سُہ واتم نالہٕ رٹہٕ ہَن پانہٕ سُے جانانہٕ مۄن
تَس مےٚ وُچھنُک چھُم یہِ ہاوس تَس چھُ مٹہِ مۄن اَزلہٕ لون
روزٕ پڑاران تَس بہٕ وأنٕسے ٹۄٹھ چھُم سُے بالہٕ یار
سینہٕ مُشرِتھ لتس بہٕ ہاوس ءکتی چھِم أنٛدری اَمار

کرمہٕ کھُری سأری مےٚ کاسم أنٛی گٹے ہاوبم سُہ وَتھ
واتناوبم پوٗرٕ منٛزِلس اَڈوتے ما تڑاوِ کتھ
حبس تہٕ ہوش دِیہِ سُے مےٚ پزٕرُک یُتھ پھولِم دِلکُے بہار
سینہٕ مُشرِتھ لتس بہٕ ہاوس ءکتی چھِم أنٛدری اَمار

چھُس ہٕرِتھ پێوٗمُت پَتھر زَن ہَرٕدِ واوَے لوو پَن
اَکھ نظر سێوٗد تڑاوِ یۄدوَے شێٚہلِم دۄدمُت چمن
صنمٕسے ژٕلہِ ہِم مےٚ کھأری بێٚیہِ تہَیم دِلٕسے قرار
سینہٕ مُشرِتھ لتس بہٕ ہاوس ءکتی چھِم أنٛدری اَمار





تڑأوتھم کھُر لد سوالے کیٔاہ کرَکھ زأنتھ جواب
ڈوٗلتھَس اَز پنہٕ حالے تھَوتھَم مےٚ بوٚڈ عذاب

گَس وَنو عاٗدِل تہٕ عاٗقل گَس وَنو بیٕقل ژٕ وَن
ییٚتہِ چھُ پڑتھ کاٹہہ پانہٕ گوہر گَس وَنو ییٚتہِ گَس چھُ تاب

گُس پنُن تےَ گُس پرُد گَس وَنو بوٚڈ گَس لوکُٹ
یُس یَشُد سُے تَس حوالے کتھ مےٚ تھوٚوتھم اِظطِراب

زانہٕ وِنٔی آنزان لاگان تِم چھِ زاگن ییٚتہِ ہتن
تِم دِوان کنہٕ ڈول بوٚزِتھ ژھوپہٕ کرِنٔی ییٚتہِ بوٚڈ ثواب

ڈٔدی وُنے ڈٔدی وُن ژوپاٗری وَنتہٕ تتہِ کتھ نیرِ پونٔی
بونہِ شُہلاہ کتھ ژٕ ژھانڈن کتہِ لبکھ سیکہِ منز گولاب

یێتہِ چھِ یم نُنٛدبانٛی باسان     تم أنٛدرِ ژھوژ کانٛی چھے
مُلو اَنکھ یێتہِ کتہِ چھُ میلان     کتھ کرُون سُے شباب

شێچھی ژِ باوان چھکھ زربن     مُش ژِ ہاوان چھکھ اَنبن
کُس ژِ ہیکہِ ہَن پرٛزناوِتھ     سارِنے ترٛأوِتھ نقاب

کیٛاہ وَنکھ پوٚز کُس ژٕ بوزِے     کُس ژٕے روزِے ستی ستی
تھَو پنٕنی کتھ پانسے نِش     نتہٕ گوٚڈھکھ پانے خراب

یێتہِ چھُ یُس یہٕ تاہ پکان سیٚود     تَس چھِ تیٚوتاہ کھُر یِوان
رَٹھ صنٛم وَتھ درمیانٛچ روزِ قایم اَدِ حجاب

☆☆☆



ہَیو بالہِ یارو ژِ یِکھنا یپاُری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژولہم اَپاُری
ژےٚ روٗس چھُم مےٚ باسان اَنہِ گوٚٹ ژوپاُری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژولہم اَپاُری

ژےٚ کیٛاہ گوٚے ملالے زِ ژولہم ژِ ترٛاُوِتھ
گرِتھ بے ووفاُیی دِلس تیٖر لاُیِتھ
اَوے لولہِ زخمن مےٚ گو خوٗن جاُری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژولہم اَپاُری

زوٗنتھ ہٕ لولُک لوٗژر تےٚ گوبر ژیےٚ
لوگُتھ ژےٚ بے عار ٹُلتھم مۄر ژےٚ
ژےٚ ما گوے اَثر زانہہ کرے کیٛاہ بہٕ زاُری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژولہم اَپاُری

دِژِتھ ژھیبھ ژِ کوٚت گوکھ بہٕ کوٚرتھس سبٹھاہ گیٖر
مےٚ بوٚر مےَ دوہے لول یہُے چھُم مےٚ تکسیٖر

بےٖ ما گو بجر بیٚیہٕ چھما دوسدأری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژوٚلہم اَپأری

میٛانٕمن کتھَن ما معنے ژےٚ زوٗنتھ
رَچھٕن دِل بےٖ میٛونُے زانٛہہ ما ژےٚ موٗنتھ
یَتھ لولہٕ باغَس ژےٚ گرٕتھم وُجأرِی
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژوٚلہم اَپأری

ووٚنُے کٔمی ژےٚ کیٛاہ وَن روٗدُکھ مےٚ نِش دوٗر
کوٚرتھَس ژےٚ نالےٚ دِنَس پیٹھ بےٖ مجبوٗر
أچھو کِنٛی مےٚ گو ووٚنی سہٕلاب جأری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژوٚلہم اَپأری

صَنَم چھےٚ وَنان تھاو میٛانٕمن کتھَن کن
حبس تھاو ژھیٚنِتھ ییٚنہٕ گوٚھم لولکےٚ پَن
باغَس گرِتھ کر ژےٚ وَن آبیأری
مےٚ وَن کیٛاہ خطا چھُم زِ ژوٚلہم اَپأری

☆☆☆



ترٛٹہٕ بۄزُن گٹہٕ کار ووتھمُت یتھ سماجس کیٛاہ کرو
ژاَپِ تیمۍ کلہٕ کاپہٕ سان اَسی تتھ رِواجس کیٛاہ کرو

کتھ چھہِ اَکھ تےٚ دِل چھُ بیاکھ زبۄ مۄدُر بیٚہِ منز چھِہ شۄراکھ
پرٛتھ اَکِس یٚیتہِ ژۄر نیہ تَس ووٚنی یُتھٕے یٚیتہِ تیُتھ چھُ گرٛاکھ
ییٚلہِ نہٕ زانہہ یٚیتہِ مۄلُ دِلن گو طبلس تہٕ باجس کیٛاہ کرَو
ترٛٹہٕ بۄزُن گٹہٕ کار ووتھمُت یتھ سماجس کیٛاہ کرو

کانٛہہ اَکھاہ ما رۄد یٚیتہِ پتھ سارِوے یٚیتہِ پۄر عٕلم
یٚیتہِ پرٛتھ لیکھتھ تہِ تم نےٚ عقلہِ گاٹہٕ چھکھ چِلم
گَو یمن کھبتھ کوناجن اَتھ اَناجس کیٛاہ کرَو
ترٛٹہٕ بۄزُن گٹہٕ کار ووتھمُت یتھ سماجس کیٛاہ کرو

کانٛہہ تہِ ما یٚیتہِ رۄد اَنپرٛھ کۄر اَسی تن یا گۄبُر
پنٛنہِ اَتھِ زیٚنتھ تہِ رۄدکھ بہن دِلن کاڈبن اوبُر
چنٛدِ برٛنی یٚیتہِ گۄبرٕ مالِین کورِ داجس کیٛاہ کرَو
ترٛٹہٕ بۄزُن گٹہٕ کار ووتھمُت یتھ سماجس کیٛاہ کرو

یِیتہٕ گوٚمُت ءکنٛہر زِچھر غاب          کُس گوٚبُر تےٚ کُس چھُ مول
کوس پچھےٚ ہَش تےٚ کوس چھِ نوش          دوینہٕ وٕنِے آمُت چھُ بول
یُس نہٕ بٕلہٕ راوی بیمارس          تتھ علاجس کٔیاہ کرو
ترٛٹہٕ برُٛن گٹہٕ کار ووتھمُت          یَتھ سماجس کٔیاہ کرو

یِیتہٕ پکان تھزٕ تالہِ پرٛتھ کانٛہہ          پرٛتھ وِزے پنہٕ نٕے تھیکان
اوٕرگٕے ہر وِزِ وَنان بیٚیہٕ          ٹارِ ما بیٚیہٕ سُنٛد کھسان
یَس نہٕ ہَٹہِ وَسہِ جانٛبرِچ کتھ          تتھ رِمزاجس کٔیاہ کرَو
ترٛٹہٕ برُٛن گٹہٕ کار ووتھمُت          یَتھ سماجس کٔیاہ کرو

زٕہنٛز زٕہنٛز یِیتہٕ ہوٚنٛز برٛزٕ گو          کینٛہہ تہِ ما پلہِ کأنسہِ پیو
پنہٕ صَنم تھاوَکھ اَپزٕ آش          تی چھُ لوٗنُن اَسہِ یہٕ ووو
پرٛزٕنتھے یِیلہِ رأو پنہٕ          نی تختہٕ تاجَس کٔیاہ کرَو
ترٛٹہٕ برُٛن گٹہٕ کار ووتھمُت          یَتھ سماجس کٔیاہ کرو

☆☆☆



ہۆٹ رٕٹِتھ ووٹہٕ کھور دیُتنم تیمہِ زمانَن چھُم عذاب
زاگہِ روٗزِتھ تھپھ مےٚ دِژنم پیٹھ بتھِس تژ ووٚنم نقاب

دَگ چھوکن ہنٛز چھُس بہٕ وبتران کُس کریم مرحم یمن
ییٚتہٕ وُچھم سنگدِل مےٚ سأری گو رتَس میأنِس تہٕ آب

زۅنہٕ رأژن منٛز تہٕ روٗدُس تاپہٕ کژاین منٛز دَزان
ینگہٕ دیتُکھ ییٚتہٕ شِہلہِ کُلنے پھوٚو وٕستھ تمنے شباب

ییٚتہٕ چھِہ کھٕتۍ متۍ أنتھ روٚستے پۆرٕ حسدٕکی نفرتکی
ییٚتہٕ دفن ارمان گأمتۍ ییٚتہٕ ہٕرتھ پیأمتۍ گولاب

موٗٹھ وٕٹتھ اَتھواس کرنک ءکِتھَن عادتھ وُچھم
دارِ اوش ہورُم تہٕ پرٕ گو ییٚمہِ دِلُک سورُے حُباب

آرٕ کۆت اوسُس بہٕ پژاران واتہِ کرمیٚون مجبین
ڈولنَس وَتہِ أچھۍ مےٚ لوٚسم وٕنۍ دِوان چھُس چھُم نہٕ تاب

چھُم مےٚ باوَتھ کتھ کرٕنۍ ووٚنۍ زِہہِ کلیم وُٹھہِ وٕٹم
آو ژھنِتھ پَن زِندگی ہُند، ورقہِ ورقٕ گیہِ کِتاب

ییٚلہِ نہٕ آلو بوزِ میٚونۍ تیٚلہِ پگاہ پھیر بس سبٹھاہ
ییٚلہِ یہِ شرہبتھ ژلہِ صَنم دوٗرٕتس یہِ باسیاہ بۆڈ ثواب



وَنْدے زُو تہٕ جان ژیٚنے جانانہٕ یارو
یہِ دِل ژیٚنے پتےٚ چھُم دیوانہٕ یارو
شمع ژٕ چھُکھ چھُس بہٕ پَروانہٕ یارو
یہِ دِل ژیٚنے پتےٚ چھُم دیوانہٕ یارو

مےٚ چھُم زِندگانی اَمانتھ یہِ چانی
کرس ما خیانتھ چھما کانْہہ یہِ جانی
چونُے چھُ موئے تےَ موئے خانہٕ یارو
یہِ دِل ژیٚنے پتےٚ چھُم دیوانہٕ یارو

بہٕ تھووتھَس عذابَس گنٛڈِن رِیٚہہ مےٚ آبَس
ژُولُکھ دوٗر یامتھ شِتیاہ گو شبابَس
ژےٚ ما مٔیون بوٗزتھ یہِ اَفسانہٕ یارو
یہِ دِل ژیٚنے پتےٚ چھُم دیوانہٕ یارو

اَتھ کیاہ کوٚرُم وَن مےٚ وتھرُن پوان چھُم
لُبی لُبی مےٚ پےَ چون تھپہِ کُس نِوان چھُم

دِمےَ کیٔاہ بہٕ ژیۓ وَن نظرانہٕ یارو
یہِ دِل ژیۓ پتےَ چھُم دیوانہٕ یارو

آسُن گوٚژھُم روے چونُے أچھَن تل
وُچھِتھےٕ سُہ دیدو ژلہِ ہمبم دِلُک مَل
مےٚ پوٚشُن گوٚژھُم چون یارانہٕ یارو
یہِ دِل ژیۓ پتےَ چھُم دیوانہٕ یارو

یِمن آبشارن یِمن لالہٕ زارن
کرُن کیٔاہ مےٚ چھُم وَن یِمن گُلِ اَنارن
یہِ شبنم تہٕ شیٚہجار موٚڈھُم پانہٕ یارو
یہِ دِل ژیۓ پتےَ چھُم دیوانہٕ یارو

میٔانوٚ کتھو ستیٚ تِتھے ہیٚو گوٗے ما
ژےٚ دود عشقُن پھتُرن پھوٗے ما
صنَم چھُس مہٕ لاگُم ژٕ بیگانہٕ یارو
یہِ دِل ژیۓ پتےَ چھُم دیوانہٕ یارو

☆☆☆



بالہِ یارَن یارِ ئلہِ یُن ترٛوو کیاہتام تَس چھُ غم

ناگرادو سرٛیٚہہ کرُن ترٛوو اَز وُٹھن چھکھ چیشمہٕ نم

ہوش ڈٚولمُت پوشہِ نۆلن کیاہ وَنن تم کس وَنَن

روشہِ روشے آیہِ وَنہٕ ہأر کأر پھُٹرِتھ گیہِ بے دَم

آبشارَن ہُند گرٛزُن پُر جوش ییٚہِ اَز خواب گو

نرٛگسن تےَ سومبلن گیہِ وُدِ ژھوٚے روو زیرو بم

شبنَمن ئر گژاو اَز بیٚہِ سبزٕزارس چھُے نہٕ عار

پژو وُچھِتھ ژیےٚ ترٛووتھَس اَز ییٚتہِ پتھر کوٗرتھم مےٚ زم

پوشہِ وٗتھرن گو پرٛیُن اَز کُی پُرتھ ئیٚو باغ سون

ہارِ طوطس اَز گوٚمُت ہیٚہ کُی یہِ پہترٕن تھوٚو سِتم

یم سنگر تے یم بیابان اَز چھِ گاٗئتی پرٛژھینی

آفتابن بُتھ کھٔٹِتھ تھوٚو روومُت اَز تس تہِ چَم

جانوارن ہُند سہ چُرِ گیُش تھامہِ اَز گومُت وُچھُم

اَز یہِتھ دمدارِ پٹھ چھَس برٛنزٕ بہٕ گنُزراوان صَنَم



تُجہِ ماز تےَ ءکجِہ مِٹھاًیا کھےؔ سأً بایا یَڈ بُرِتھ
وُنہِ کبنَس چھِے موقعہِ آمُت پَتہِ کتھو میلی مُرِتھ

وَٹھ ژ دوژھِ دوژھِ نوٹ بُڈی بُڈی تھو چنِدس پانَس بےؔ پھرؤک
لہذِ اُچھنِے تم ژ بون تھاو کاًر ہوگُن تھاو پھِرِتھ

سیٔؤد پکُن گو ہوّد میٔونڈا کھیٔون تھوّد ووتھُن اَلگِے کتھا
ہورِ کس یور یورِ کس ہور گو کرُن ووژٔ ژھوپہ گُرِتھ

سوٹ بوٹ تھاو توتہِ ہتھ کھنڈ ٹےَ تہِ گیٔہِ لاءگنژ دوہےَ
تھاو تہِ پنژ زینہِ کیُنے ووژٔ روپھ تہِ سون واراہ گرِتھ

سگ دِ پنہِ نِس باغسِے ژے گوڈ بَرکھ کِکَر گلبن
ژٹھ ژ رَو آبک گولابن یتُھ گرشھن پانے ہرِتھ

تڑاو اَپڑوے پھیار چشمو وَو ژ گَنڈی لوٗکن ۔کتی
پانۂ تحملی پوشنے پیٹھ لر ژ تڑاو ایلو پرِتھ

بَن فیاض خرچاو ژوٗر دیار رنژناوٗکھ یار دوس
اَدِ قدِر کرنےَ ژےٌ ساأری اَدِ گرشھکھ تارے ترِتھ

کھاشدِرن ووسبن اَشدر بَر شرابکی پیالۂ ژے
زار ِگشدی ِگشدی ہارِ ناوٗکھ گرشھ لوٗکن چشدِنے پھرِتھ

وُلمنٹن کھَس پان نوٌن کڈ اَدِ بنگھ لیڈر پگاہ
گنڈ کلس دستار بابا گرشھ شوٌلوٗک جورا پرِتھ

کارِ منژ نیر وارِ تامتھ دارِ ِکنز تڑاو ہجُو نظر
بَن سماجُک ٹھیکۂ دار رہزنن تھاو چشدِ برِتھ

کارِ حاطم چھے ژےٌ باسَن گُٹھ راوُن اَسہِ کیٹُن
تڑاوِ ووش ژیٔےٌ گُن وُچھِتھ ووزٔ صَنم ما ہیکہِ زٔرِتھ

☆☆☆



گژھ واوِ شیٚچھی وَن بالہِ یارَس تَس یہِ خبر چھا
گوُمت مےٚ سوٚر مژٕ عشقہِ نارَس تَس یہِ خبر چھا

یوٗتاہ سۄ گو مجبوٗر مےٚ وَن کیاز زُلُم دوٗر
پیٚیہِ کر یہِ روزَس اِنتظارَس تَس یہِ خبر چھا

ووتھ اَز موٚر ییٚتہِ سوئتہِ واوَس گٔے رٔہتھ گلزار
ژوٗل بے ووفا ییٚلہِ دوٗر یارَس تَس یہِ خبر چھا

یم دھکہِ مےٚ ۂنٛدرٕنی کھیٚیہِ تہِ أندری گٔیہِ وٕٹھ ارمان
تأثیر رووُم گاٹہِ جارَس تَس یہِ خبر چھا

یم قطرٕ اَز وُچھ شبنمکی تیزابہِ پھوان چھِم
کیاہ کھارٕ راہ ووٗنی توٗنٛدرٕ نارَس تَس یہِ خبر چھا

پھشیٚوٗرس بےٚ بٔٹھی بٔٹھی آبہٕ جویَن ژھَٹھ گٔیم کلہٕ پٹھی
شرمندٕگی گٔیہِ آبشارس تَس یہِ خبر چھا

اَتھ شمع رویَس کُن وُچھِتھ ییہِ ہے مےٚ اٚچھن گاش
پٲری زان مےٚ راٚوِم گاشہٕ دارَس تَس یہِ خبر چھا

وَنہِ ہے صَنَم از کوس یہِ دَگ وبترٕنی پیوان چھَم
کُس ژارِ تس رُس مانہِ شارس تَس یہِ خبر چھا

☆☆☆

○

ژِ یارو بوز ووِنی اِصرار میٔونُے
وُچھکھنا اَز نوٚوُے اَنہار میٔونُے
پیٚپی لاگن ژٕنے ووِنی دِلدار میٔونُے
وُچھکھنا اَز نوٚوُے اَنہار میٔونُے

نبَس ییٚنہٕ وَلنہٕ ییٚہٕ ژادور یہِ گٹہٕ ہٕنز
بہٕ ماہنیکہٕ زانہہ تہٕ ژاٗلِتھ ژٕنڈ یہِ ترٹہٕ ہٕنز
یہِ وُز ملہٕ زالہِ ییٚنہٕ شٕیہجار میٔونُے
وُچھکھنا اَز نوٚوُے اَنہار میٔونُے

ژھوچہٕ ہوٚژن تہٕ رادَن آو کرٕ کیٛاہ
یہِ لیکھِتھ ازلیے چھُم کھارٕ کس راہ
چھُ ڈبکہٕ لونُے سبٹھاہ کھرٕ دار میٔونُے
وُچھکھنا اَز نوٚوُے اَنہار میٔونُے

چھُ آسُن چون بڈٕ میٛاٗنس دِلس ستھ
ژٕ چھُکھ شمع بہٕ پوٚشرٕ ژیٚے کرَے گژھ

مےٚ چھُم شیٚہجار مۆدُر گُفتار چونے
وُچھکھنا اَز نۆوُوے اَنہار میٚونے

دِلس ݯتیٚ میاٚئسے ݰیٚنڈ ݰیٚنڈ مساٚ کر
ہِے اَویٚل شیٚشہِ پھُٹہِ ما کتہِ ژلبس شر
مَہ لاگ بے عار کھَسےِ مَٹہِ مار میٚونے
وُچھکھنا اَز نۆوُوے اَنہار میٚونے

دِژَم ہیٚلہِ پامہٕ سمبسارن وونُم ما
تھوبم بون چیٚشمہٕ زاشہہ اِظہار کوٚرم ما
ژِ ہِنہٕ مانکھ ہِے ژھوپہٕ اِقرار میٚونے
وُچھکھنا اَز نۆوُوے اَنہار میٚونے

مےٚ ہِنہِ مُشرکھ تہٕ پَنٔے وادِ پھُٹرکھ
قسم چھٔے میٚون ہِنہٕ ووپرن مےٚ پُشرکھ
صَنَم چھُس مَٹہِ ژےٚ چھٔے سمسار میٚونے
وُچھکھنا اَز نۆوُوے اَنہار میٚونے

☆☆☆



نیرِ کرِ تاپر خابَن تےِ بہ پڑژہِ ہا یارِ ہے
پوشہِ تھرِنے پھیرِ کر زُو پڑژہِ ہا سبزارِ ہے

لگہِ پھُلے کر لولہِ باغس بول بوشاہ کرِ کمیُر
کر دِلن ییٚتہِ نیرِ ووٚنی وَر پڑژہِ ہا دِلدارِ ہے

گُس بربم لول کس بہ ہمبہِ واس گس أکِس پیٹھ تھاوِ پڑھ
بَر دِلن ہنٛدی وٕتھی گوھن کر پڑژہِ ہا سمسارِ ہے

کُس پتُن تےَ کُس ووٚپرِ ییٚتہِ چھاوُ چھان وورزُن یہِ واو
کُس ڈُہتھ کُمی أنی کھلے تیُو پڑژہِ ہا گٹہِ کارِ ہے

یَس أشِس اٗیج دار وتِرنی دَگ چھہِ تَس جِگرس سبٹھاہ
دٕ دِمتِس بُلغار پییہِ کر پڑژہِ ہا شیٚہجارِ ہے

آسہِ ہے یوٚد در دِلاہ کاثہہ زانہِ ہے مانے کتھَن
شبنمن اَوِلی ؤتھر زاَلی پڑژھہِ ہا گُلزار ہے

تڑاوِ ہے یئژ کائلی صنَم لر وأنس تَس گئے ڈُلہِ گوشان
کرِ پُپس ٹھہراو گوشہِ تَس پڑژھہِ ہا رژبہ آر ہے

☆☆☆



بالہٕ یارَن پڑاٖرناوُن تھوونَس ؤہی شام گو
بڑم دِتھے وأرانٕسے منٛز ترٛوونَس ؤہی شام گو
مَس مےٚ دیُتنم منٛز مَزارس سوونَس ؤہی شام گو
بڑم دِتھے وأرانٕسے منٛز ترٛوونَس ؤہی شام گو

واہٕ اوسُم تمُی مےٚ دیتُمت دِل رچھِم تھاوِم مےٚ شاد
کیٚاہ خبَر أسم سُہ ترٛاوِم اَڈوَتے۔ ما بوزِ ناد
اِنتظارن آرٕ کوٚت کوٚرنَس بہٕ وونی ؤہی شام گو
بڑم دِتھے وأرانٕسے منٛز ترٛوونَس ؤہی شام گو

گس پتَے دیوانہٕ سُے گو سرٛیٚہہ تہٕ ماتس روٗد میٚون
گو مُشتھ مُستی اَنٛدر مستانٕے پیمانہٕ میٚون
وُڈھ ہوکھی روٗدٕ پھوٚر تہٕ ما تمُی چوونَس ؤہی شام گو
بڑم دِتھے وأرانٕسے منٛز ترٛوونَس ؤہی شام گو

لایہِ ہا تَس ناد وَنہٕ ہا ہٕ حالِ دِل پَنُنے ہٕ از
شُکر کر کیاہ تس ہٕ ییٖمی از تژ وونَس سرِراہ پَتھر
تژیشہِ کنہِ خوٗن میانہِ جگرُک چوونُس وٕہِ شام گو
بژم دِتھے وأرانٕسے منز تژ وونَس وٕہِ شام گو

گوس ملالے میانہِ کمہِ کتھِ ہُند صنم پژزٕہ ہَس ہٕ از
گُنہِ ہتن نوٗن نیرِ ہے یوٗد بژونہہ کنے وَنہٕ ہَس ہٕ از
ژھچبھ دِژن افسوٗس تمٕ از کھیوونَس وٕہِ شام گو
بژم دِتھے وأرانٕسے منز تژ وونَس وٕہِ شام گو

☆☆☆



پھوکو ءستین چھوکن شیہجار ہبوان چھا
اَما اَشہِ ولہِ زانہہ لشہِ نار ژھبوان چھا
پتھر پۆد وَن تہٕ زانہہ یہٕ وَق تھوان چھا
اَما اَشہِ ولہِ زانہہ لشہِ نار ژھبوان چھا

گڑھان مُستی اَندر مستانہٕ بوزُم
کران شُمہَس چھُ گتھ پڑاونہٕ بۆزُم
چھُ سَپدان سۆرتس زانہہ پۆت ہبوان چھا
اَما اَشہِ ولہِ زانہہ لشہِ نار ژھبوان چھا

تھوان ؤتھرِتھ وَتن وُچھ گُنڈی چھِ کأتیاہ
سیٚدبن سادَن زِ پاوان پھُنڈی چھِ کأتیاہ
اَتُر کرِ یُس سہ مَٹہِ زانہہ مار ہبوان چھا
اَما اَشہِ ولہِ زانہہ لشہِ نار ژھبوان چھا

یئیمس شبنم تہِ زالان چھس دِوان ژھوکھ
تمِس کیٚاہ تار دِیہِ وَنہٕ ہارِ ہُند سوکھ
اَنٛدر سیٛکہِ شاٹھسیے گُلزار زوان چھا
اَما اَشہِ وانہِ زانٛہہ لشہِ نار ژھوان چھا

دٕ زِتھ یئیلہِ لوو پٔن یئیہِ منٛز بہارس
ہوکھِتھ گژھِ سرٛیٛہہ تہٕ ہیٛہہ گژھِ آبشارس
یئیمِس گُل روو سُہ بُلبُل شار گیوان چھا
اَما اَشہِ وانہِ زانٛہہ لشہِ نار ژھوان چھا

صنٛم گُس زانہِ مانے گُس وَنکھ کتھ
وَتن لاریٛوے لتَن ہُنٛد ماز گُس پتھ
یئیمِس رُم آسہِ بانَن موے چھوان چھا
اَما اَشہِ وانہِ زانٛہہ لشہِ نار ژھوان چھا

☆☆☆

○

کیٛازِ تھاوٕتھ گرٛاو پانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

رُم گرٕتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

داغ جِگرٕکۍ ییٚلہِ مےٚ ہاوِی تیٚلہِ دوپتھ پانٕۍ بَلن

حال دِلکی ییٚلہِ مےٚ باوِی زَن ووٗنُم آرے پلَن

ما لوگُے زانٕہہ واو پانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

رُم گرٕتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

گاشہٕ تارُکھ زأنۍ تھٕے مونمکھ وَتہٕ ہاوُک مےٚ ژٕرے

سکنأوَکھ باغ میٛونٕے زونمکھ راوُک مےٚ ژٕرے

تھووتھم سبکِہ تاو پانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

رُم گرٕتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

نظر ژھبکہِ ڈبکٕہے گُیم روے ووپر باسوٗم پٔژن

ہیکہٕ بہٕ رٔکتھٕ وبرِتھ یہِ گِدرُن مےٚ ہیوٗتُن أندری سٔغن

گوَ پرٛیٚن زَن سایہِ بانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

رُم گرٕتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوٕ رأوٕتھ آش میٲنۍ

ساسہٕ بُدی اَتھواس دِتہِ تھَم موچھِ وُٹھ روٗدُکھ دوہَے
غفلتَکی یم باس دِتہِ تھَم پوٚز کھُٹِتھ روٗدُکھ دوہَے
گوکھ دِتھ زونگ لولہٕ وانَس راوِ رأوِتھ آش میٲنۍ
رُم گرِتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوِ رأوِتھ آش میٲنۍ

یَتھ لنٛجے ژنٛجہٕ روٗد پٔٹھِ وُوتھ پٔیِہ وُستھ اُولِ وُتھر
تی وُچھتھ اُجِ جاےٕ میانِن تہِ یِمہِ سیٖمِچ اُتھر
سَنہٕ مےٚ گو سروے روانَس راوِ رأوِتھ آش میٲنۍ
رُم گرِتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوِ رأوِتھ آش میٲنۍ

چھُس صنم اَندرِم بہٕ اَندری ننٛدرِ منٛز اُنزران بَس
وارِ ما تھوُوتھ مےٚ وَن نَس کأنسہِ ما کوٚرنےٚ کنَس
لوگتھس اُخر طوٗفانَس راوِ رأوِتھ آش میٲنۍ
رُم گرِتھ یَتھ شیٖشہٕ بانَس راوِ رأوِتھ آش میٲنۍ

☆☆☆



سِتمٕنہِ ژٕنجہِ ہِتی کھٕنجہِ گٔیہِ جِگرس لوٕلچہِ لٕنجہِ لۄگ وُرزُن واو
اَڈٕ کھوٚ یاوُن دَس ووتھ بُجرس اَزلے وأنٕجہِ لۄگ آمتاو

شیٚرِم پٕرِم اکہِ اکہِ جوٚرِم مالہِ پھلبن اَدٕ تورُم پَن
تھپھ دِژٕکُمی تام چھکٔرِن سأری کتہِ ووٚنی گٔنزرکھ رودُکھ باو

رژِ رژٕ، نبٕدرے منٕز میٚہ ہورُم اشہِ ہٕبے کھورُم تھَدِ تھوٚد پۆر
پٕرِ گو عالم پان کتہِ تورُم اَڈٕ وَتہِ وٕقتچ پھٔٹ ییٚلہِ ناو

اَسُنا تژاون میٲنبن جامَن تٕرِ پچہِ گٔرٕھی گرٕھی ژٕہیٚنمتی یَم
نبتھٕ نٔنی پاٮٕکی چھوکھ وُچھی عامن صُبجن شامَن دَگ للہٕ ناو

وِزِ وِزِ وَتھرِتھ پان تھَووُم یَس تَس گَو مُشتھٕے میٚوٕنُے دود
کترِتھ ترٕووُن میٚون جِگر وُچھ تَہِ تاوَے پٕبٹھ اوٚنَس چھاو

میثائِس وݨۂ نَس کُس کرِ پڑھ وَن     اَسوݨۂ بُتھِ چھُس وبتران دَگ
پَزرس لتۂ موشڈ اَپزِس للوَن     پڑتھ کائشہِ پھیرِتھ گُرنم گڑاو

صنمن وبتر آوی کم چھوکھ أَندری     زاثہہ نو زیوٚ تُمی کوٚر وُہی واے
أَخر دٔزِتھے سوٚر ییٚلہِ ۂنڈری     ساٗری دَپنَے شُہلے وڑاو

☆☆☆



میانۂ مَرنے پِنۂ ژ غم ہبکھ     پِنۂ کرکھ وادس خلاف
ژھنۂ گوژھے یام پِنۂ ژ دِکھ کرژکھ     پِنۂ کرکھ وادس خلاف

وَنتۂ کم کم دأدی باوَے     ءکتی ہاوَے چھوکھ دِلکی
پِنۂ ژ میُوئے سپنۂ مُشرکھ     پِنۂ کرکھ وادس خلاف

وُچھتۂ کأئیاہ تاو کھبے     چاو کتہِ رؤدُم سوتیُوس
شہلبے زانُہہ پِنۂ میّہ تھاوکھ     پِنۂ کرکھ وادس خلاف

ہَرنۂ چشمن سورمۂ راوِی     یَیلہِ وَسی ددرایہِ اوش
دارِ اَمہِ سے پِنۂ میّہ چاوکھ     پِنۂ کرکھ وادس خلاف

ژٹھ کپٹھ ءکوّاہ گرکھ وُچھ     پَنۂ نوَے میأئِنس دِلس
پِتھ نۂ اَمہِ سے کھنجہِ ژ سوّمبرکھ     پِنۂ کرکھ وادس خلاف

رأسی گوَ مٙیہ پوڑی سئدرس  جویہِ نٔے ہُنڈ چھا خطا
کھأسہِ سٔے پِنٔہِ مَس برکھ  پِنٔہِ کرکھ وادس خلاف

چھُس صنّم دودمُت بہٕ نارَے  زارٕ پارے بوز میٚون
سوٚر میٚون پِنٔہِ شٚیہلاوَکھ  پِنٔہِ کرکھ وادس خلاف

☆☆☆



کتھ کمالس گو میٚہ کیٛاہ تام    خاص أسِتھ گو میٚہ خام
ساسہٕ ہنے گو ڈاس کرتام    خاص أسِتھ گو میٚہ خام

لتہٕ مونٛجہِ وَتہِ وَتہِ بہٕ کوٚرہَس    کتہِ بہٕ رووٗس چھُم نہٕ حبس
لبنہٕ روستے کتھ بہٕ ہمہٕ سام    خاص أسِتھ گو میٚہ خام

اَکھ رژھا گرژنو پھیُر حِسابس    گو تہٕ سورُے ڈول حِساب
پھیُر دِوان گو منڈِ ہنے شام    خاص أسِتھ گو میٚہ خام

شر نز رٔٹتھ وُچھ کرژنو وُٹھُم    تھٔری کنڈ ٹیُک وُچھ پَن ژوٹُم
حبسہٕ بہٕ وبسرِتھ گوس کیُتھ تام    خاص أسِتھ گو میٚہ خام

زِنٛدٕ بہٕ چھُس زِنٛدانہٕ ہسے منز    لوٚگ میٚہ رِنٛدٕ پانَس ززر
کمٕ پھندن چووٗس بہٕ یتھ دام    خاص أسِتھ گو میٚہ خام

نظرن اَنٛدر تھزٕرک سرٕؤر اوس کرتام پھۄو وٕستھ
سرٕہے مٔنز روو کتہِ تام خاص اَستھ گوٚ میٚہ خام

گوٚ صنٚم شہلس شبابس گٔن وٕچھتھ دیوانہٕ گٔیو
یٔیمہِ زمانٕچ رٔٹ میٚہ بڑٕ پام خاص اَستھ گوٚ میٚہ خام

☆☆☆

○

تبر لاٗیتھ زبر میۆٹھاہ ڈبکس میأنِس کٔرِتھ گوہم
خبر اٗستھ صبر رووٕے چھوکن نۆناہ بٔرِتھ گوہم

پٔزر ترٛاٗوِتھ ژٕے اَتھہٕ ہاٗوِتھ ژھٔرے چأنٛی یَم بٔرے کٔمۍ کن
تھٔزر پرٛاٗوِتھ نظر پنٕہٕ نی زِ وُچھ کٔشاہ گٔرِتھ گوہم

پٔران اوٗسس بہٕ خط چأنٛی مَران اوٗسس بہٕ اَچھرن پیٹھ
سِیاہ رنٛگ اَتھ سفیدس پیٹھ لفظ کٔتام گٔرِتھ گوہم

بہارٕکۍ جامہٕ پٔرِتھ آکھ أنٛدرٕ ہرٕدٕنۍ یہٕ زردی ہیتھ
پتھر ترٛاٗوِتھ ؤتھراٗوِلۍ أتھر لاگِتھ ترٕتھ گوہم

فنا سورٕے ہَنا کتہٕ روٗز ژٕے تے ببۆزِتھ دیُتھ کن ڈول
بہٕ ویگلیٚوس تاوٕ ستۍ سورٕے تہٕ شِنہٕ مأنٛز زَن ڈٕرِتھ گوہم

صنم کرٕ کیاہ گولابن از دولابَن منٛزٕ گومُت کیُتھ تام
ڈٔجھم اَکھ رژھ نظر یامتھ تہٕ اٗلفس لام پٔرِتھ گوہم

○

یَم پژژھِ میٚہ چھُکھ ژٕ ترٛوان تِمنٕے چھُیا جواب
چھٕکرِتھ اَچھر ژٔے سأری لفظن کمێُک حِساب

وَچھِ کِس کُٹھِس میٚہ تھٔوِمے ؤتھو دارِ بَر ژوپأری
کوٚتاہ میٚہ اوس ارمان یِکھ نا ژٕ زانہہ یپأری
دِژتھا نظر میٚہ کُن زانہہ وُچھتھاہ دِلُک عذاب
یَم پژژھِ میٚہ چھُکھ ژٕ ترٛوان تِمنٕے چھُیا جواب

بازأری دژاس بہٕ کُن زوٚن نیلام گو میٚہ سورُے
لچھِ بٔدی زٕخم میٚہ ژٔژ گے وتژٕن میٚہ پیٛوم سورُے
کھٔنڈ ہار پلہِ میٚہ ما پیٚیہِ کَتھ چھُم تھٔوُن عذاب
یَم پژژھِ میٚہ چھُکھ ژٕ ترٛوان تِمنٕے چھُیا جواب

ژٕنوٗتھَس جہانَس پانَس کھۄٹِتھ ژٕ رۄٗدُکھ
کمہِ کتھِ ہُنٛدُے ملالے یۄٗتاہ رٕٹِتھ ژٕ رۄٗدُکھ
بۆرِتھم مۆیہ زہرٕ پیالن وۆنتھم یہِ چھے شراب
یَم پرٛژھ مۆیہ چھُکھ ژٕ ترٛوان تِمنٕے چھیا جواب

اَزتام سام ہێژتھا میانٮ۪ن کتھَن مۆیہ وَنتم
وَتھرٲوِی کٲمۍ یَم گٲنٛڈی میانٮ۪ن وَتن مۆیہ وَنتم
رَتہٕ دٲوی گو صَنَم اَز تَس رووُمُت شباب
یَم پرٛژھ مۆیہ چھُکھ ژٕ ترٛوان تِمنٕے چھیا جواب





سوالن اندر وُچھ کتھن ہُنٛد جوابا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونے کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا
تھوٚتھ اَچھ وٲژھے چھےٚ بُتھِس پیٹھ نقابا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونے کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا

عشق رٕشکہٕ روٗستے دیوانٛگی چھا
مٲر مٕشراوُن یہِ مستانٛگی چھا
شباہ روزِ شبنم صبا پھولہٕ گُلابا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونے کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا

لٔچھن منٛز وُچھُم اَتھ وَچھس چھوکھ یہِ کیٛاہ گو
رٔچھن منٛز بٔرِتھ وُچھ کمیٛک پھوکھ یہِ کیٛاہ گو
ہیچھتھ کیٛاہ اَچھن منٛز روٗدُے نہٕ آبا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونے کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا

○

اَمارن شُماراہ گٔرِتھ کیٛاہ کوٚرُتھ ژیٛنۍ
بہارن خُماراہ وُچھِتھ کیٛاہ کوٚرُتھ ژیٛنۍ
پھوٚلِتھ گُل ہٕرِتھ پیٚہ یَمن کیٚتھ عذابا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونۍ کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا

شوقہٕ چانہِ معشوقہٕ کیٛاہ کیٛاہ میٛہ وبترُم
دوٗربر میٛہ دوہ دَرِ گرِ گرِ پیٚترُم
وُچھِتھ ما ژٕ میٛونۍ گُنے اِظطِرابا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونۍ کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا

صَنَم سوٚمبرِ گُس چون چھٕکرِتھ یہِ عالم
ژٕ روزان ہَردَم چھےٚ چشمہٕ یَم نم
چھُ اَز مُشکہٕ روستُے بے رنٛگ گولابا
خطا کیٛاہ چھُ میٛونۍ کوٚرُتھ کیٛاہ ثوابا

☆☆☆

लछन मन्ज़ वुछिम अथ वछस छ्वख यि क्याह गोव,
रछन मन्ज़ बॅरिथ वुछ कम्युक फ़वख यि क्याह गोव।
ह्यछुथ क्याह अॅछन मन्ज़ रूदुय नु आबाह,
खताह क्याह छु म्योनुय कोरुथ क्या सवाबाह।।

अमारन शुमाराह कॅरिथ क्याह कोरुथ च़ेय,
बहारुक खुमाराह वुछिथ क्याह कोरुथ च़ेय।
फोलिथ गुल हॅरिथ पथ यिमन क्युथ अज़ाबाह,
खताह क्याह छु म्योनुय कोरुथ क्या सवाबाह।।

शोकु चानि माशोकु क्याह क्याह मे व्यतरुम,
दूरेर मे द्रह दरि गरि गरि प्यतुरुम।
वुछुथ मा चे़ म्योनुय कुनुय इज़तिराबाह,
खताह क्याह छु म्योनुय कोरुथ क्या सवाबाह।।

'सनम' सोम्बरि कुस चोन छॅकरिथ यि आलम,
चे़ रोज़ान हर दम छेय चेशमु यिम नम।
छु अज़ मुशकु रुसतुय बे रंग ग्वलाबाह,
खताह क्याह छु म्योनुय कोरुथ क्या सवाबाह।।



